پوٚت اُسُن - پَتہٕ کَنہِ ہیٚرِل کَرُن تہٕ اُسُن (نرٲوُن) -

پوٚت آلو - سُہ ناد یا آلوٗ یُس کانٛسہِ کُنہِ جایہ بیٚٹھ نیبرٕ وُن کاتھہ دِیہِ - یہ چھُ پھیٖشَل ماننہٕ یِوان -

پوٚت آنٛگن - سُہ آنٛگن یُس لَرِ پَتہٕ کَنہِ آسہِ -

پوٚت بَر - پوٚت دَروازٕ - سُہ دَروازٕ یُس لَرِ پیٚتھ یا سہٕ آسہِ یا پیٚتہِ یِس آنٛگنَس آسہِ -

پوٚت بَرن - پیٚتِمِس آنٛگنَس بَر، دَروازٕ -

پوٚت بَل - ٹھَفٕر ہِشُد زور - پیٚٹھ آسنُک زور - ڈوکھ آسنُک زور -

پوٚت بَلنہٕ - نیم پَن ہیم کانٛژ شال بَناوَن وِزِ شُمن سٟتۍ زٕ لَبنہٕ چھ آسان -

پوٚت بُتھ - داینہٕ کِنہِ زارِن پیٚتہِ کُنہِ جاے -

پوٚت بوٗر - ۱ - (ہواۂ گاسہٕ بیٚتر یا پیٚتھ) لَرِ پیٚتہِ کُنہِ ژوٚٹمٕت وٲب - ۲ - وار یا کھلس پوٚت پاسک دَروازٕ -

پوٚت بیٚہ - (ماکِس یا اَفسَرس) شرۂ کُنہِ کام کَرِتھ پَتہٕ کُنہِ شرِ زنگہٕ ڈٔٹِتھ بِہُن -

پوٚت پَتا بہٕ (پیٚتہِ پیٚتہِ) بادشاہَس غایبہٕ - کانٛہہ اَکھ چھُنہٕ غایبنہٕ نِشہِ بچنہٕ، پٔرکِھ کانٛسہِ ہِشِر چھیٚپے تَس پَتہٕ کِنہِ غایبہٕ کَرِتھ یِوان - تہٕ اَکھ کُنہِ چھینہٕ پوٚت غایبہٕ مُجرا -

پوٚت پُچھار دِینہٕ - ۱ - گرٕس گیٚنٛس بیٚتر پیٚتِہ ہین زٕنگن ڈٔکِہ یَس سٟتۍ گنڈ کَرُن - ۲ - آشیٖنہِ نوکرہ یا شُرکوٚٹ بیٚتر گرٕس مَنٛز بَرشُد ٹھوٗن تہٕ اوٚر یور تہٕ نیبرٕ کَرِتھ دِیُن - گرٕ ہے مَنٛز کاہ تان کَرُن -

پوٚت پُچھیر، پوٚت پُچھارِ - ۱ - سو لَنٛز پیٚتِمہِ سٟتۍ گرٕس گیٚنٛس بیٚتر پیٚتِمِن زٕنگن ڈٔکِہ یَس سٟتۍ گنڈ بیہ کَرِتھ - ۲ - پیٚتہِ پیٚتہِ واین وٲلۍ - زنگن وٲلۍ -

پوٚت پَلو - ۱ - ناٹی پَلوٗک پیٚتِم حِصہٕ - ناٹی پَلوٗک سُہ حِصہٕ یُس ٹھٔر طرفہٕ روزان چھُ - ۲ - دور درازٕ آشناو - برٛونٛٹھِمِہ زنانہٕ ہِنٛدی مالِنہٕ طرفہٕ رشتہٕ دار - ۳ - پلو -

پوٚت پو - پَتہٕ نی یا پیٚتھ پوٗنسہِ ٹونٛک یا چیز بیٚتر پیٚتھ کُن نٔلِتھ یا سُہ مبرٕکھ ٹھوٗنچ ترٛاے -

پوٚت پاس - (ڈگینگ) پیٚتِم طَرَف - ٹھَفرَ -

**پۆت پہن** - ۱- پَتِم پہن - پتی مہ لَٹہٕ پتھر سُن - ۲- شہ شُر بَس پَتہٕ بشاکھ کانہہ شُر زیوٕ - پَتِم شُر - ٹھ ودہ کھرُن -

**پۆت پۆت** - پَتہٕ کِنہٕ - کانسہٕ ہنٛز غأر حاضری منٛز - ژوٚرٕ ژوٚرٕ - م، پۆت پۆت بادشاہس غأبہٕ -

**پۆت پھِرُن**، (پھِروُن) - ۱- واپس اَنُن، ہیُن یا سوزُن - ۲- (کانہہ کنہٕ کامہٕ بنٛز نشہٕ) پَتہٕ ہیو ناوُن - بار تھوُن -

**پۆت پھیرُن** - ۱- واپس پھیرُن - واپس گژھُن - ۲- پَتہٕ ہیوٚن (کُنہٕ کامہٕ نشہٕ) -

**پۆت تاپھ** - دِگرٕ پَتُک تاپھ -

**پۆت ٹھِل** - آخری ٹھِل یوٚ سہٕ کارگرہ سپدِ -

**پۆت ٹھِل کَڈٕنۍ** - پۆت پھیرِتھ ہینٛدِ یا لٹھِ کِنٛجہٕ بنٛز ٹاس کڈُن - (ورگہٕ) پۆتُس شہ ٹاس کڈُن ییٚمہِ سٕتی آخرس پیٹھ زِ بنی زِ -

**پۆت ژھوکہٕ ژھنۍ** - بدٕتھ کامیابی یا سٕنٛزرہ گژھُن - بہٕ ہنہٕ زانہہ بنیوٚمت آسہِ تہٕ پۆتس بنُن -

**پۆت ژھومبہٕ** - کھٕلس منٛز بیہ ژھوہ منے روزِ تہٕ پۆتس ژھوبنُن -

**پۆت دَر** - تژکرہٕ شُرِشہ پوٚنہٕ پَتہٕ منٛز نولہٕ وِزِ پرمانہٕ تھوان ژھہٕ -

**پۆت دَرٕ** - ۱- پَتہٕ کنہٕ یا پَتہٕ کُن پھیرِتھ یا پَتہٕ دِژ سہ یا لگُن - ۲- پُشت - پتی مہ زَنگہٕ ہیتھ چاروآے شُند نژکھ (نژکھ) - ۳- کوہلہٕ ہُند آخری گٕنشہ ڈ -

**پۆت دَل** - دانہٕ مُنہٕ نک پَتِم دَل - توٚملہٕ دَل - ژھہ دَل -

**پۆت دوکرُن (ژکھارُن)** - پھیرِتھ واپس یہُن - واپس شرط یا بیہ زِ یہُن - (ورگہٕ یا آمٕی) پھرِتھ پھیرُن ژھُن -

**پۆت ڈکھ** - ۱- بہٕ کانسہ مدٕنس آسُن - پۆت تھر - کانسہٕ ہُند پُشت آسُن - ۲- ناو بنٛزِ ہمنلِ یا کھورِ سٕتی پَتہٕ کُن لگُن - ناو بنٛزِ پَتہٕ کُن رَٹُنی -

**پۆت ڈمب** - ناوِ ہُندِ پۆت نمک کالو -

**پۆت ڈنگ** - پتی مین زنگن گنٛشڈ ژھُنچ رزہ - پتی مین زنگن ہُند رزگنٛشڈ (چاروآیس بنٛز) -

**پۆت رو** - ۱- پتی پتی دوٚن - پتی پتی بَکُن - ۲- (آبک) پَتہٕ کُن نکہٕ دِیُن -

پوٚت راچھ ۔ پانس پتہٕ یُس کٔنہٕ راچھ
کرٕنہٕ باپتھ تھوٚوِ زٔن ۔

پوٚت رَٹُن ، پوٚت رٹنی ۔ ا۔ پکان پکان
پتھٕ کنۍ تھر گژھ ہٕنی ۔ ۲۔ (وۄرگہٕ پاٹھی)
بے خبری منٛز کأم خراب گژھہٕ ہٕنی ۔
بے خبری منٛز کُنہٕ کامہِ بیترِ پارٕن ۔
کُنہٕ کارس پتھٕ کنۍ کھُرٕن ۔

پوٚت روٚٹ ۔ گوٚ بہٕ ہُنٛد ڈکھ ۔

پوٚت رٕہیمہٕ ۔ پوٚت فکرٕ ۔ پانس پتہٕ کأنسہٕ
ہُنٛز یا کُنٛھ پریشأنی ۔

پوٚت زنٛگ (ینی) ۔ پھیٚشل زنٛگ ۔

پوٚت زہر ۔ ا۔ ناوکڈہٕ یا بڈاوہٕ وِزِ
کھورِ بنٛز سٔتی اوٚشمت پوٚت
ڈکھ ۔ ۲۔ کأم کرناوہٕ باپتھ کأنسہٕ
زیر زبر کرٕ نی ۔ کانٛہ وہ وٚسَن
اٰسن ۔ کأنسہٕ کھی کھو کرُن ۔

پوٚت زوٚن ۔ راتھ ہُنٛد پتھیُم پہر ۔ پتھمہٕ
پہرک زوٚنہٕ گاش ۔ رم،
پوٚت زوٚنے سوٚت وُزنوٚم (لل دید)۔

پوٚت زوٚر ۔ پتھ کنۍ پھرن دول ۔ (بہ
ژھ گرٕ بیٚدبن وٚنتہٕ یوان)

پوٚت ژور ۔ پتھیُم ژور ۔ دانٛگ پتھیُم یا
ترٕ پتھیُم گگ ۔

پوٚت ژھٹھ (ینی) ۔ ا۔ بُجرس منٛز کانٛہ
کھُرٕن ۔ ۲۔ کُنہٕ کنٛھ بنٛز ہُنٛد

ردِ عمل ۔

پوٚت ژھاے ۔ ا۔ سوٚ ژھاے
یوٚسہٕ پانس پتھ کنۍ پیٚیہ ۔ ۲۔
پوٚت انہار ۔ پوٚت چال ۔
(بیٚتمہٕ کنہٕ انسان پتھ کنۍ پرزناوہٕ
پیہ) ۔ پوٚت ترا ے ۔
۳۔ پوٚت شُہُل ۔ دوٚہ وُسن
وِزِ ہنٛز ژھاے یوٚسہٕ
سیٚٹھا زیٛٹھ چھےٚ آسان ۔
۴۔ سرپرستی ۔ ڈکھ

پوٚت سَب ۔ ساری نے پتہٕ کُنٛھ
تُدل (سالرن ہنٛز) ۔

پوٚت ساد ۔ پوٚت منز ۔ یُنہٕ کھیتھ یُس
منز آخرس بیٚٹھ پاسہٕ ۔ ۲۔ شر
منز دار چیز یُس پوٚت تُس کھینہٕ پیہ ۔

پوٚت سأر ۔ کأنسہٕ ہُنٛد مال بیترِ پتھی پتھی
وار وارٕ ہیٚتھ ژٔلُن ۔

پوٚت شُہُل ۔ پوٚت سنٛدِ نیٚک
شیٚتہار ۔ ٹھنڈی ۔

پوٚت شوٚب ۔ زِٹھن ہنٛز ورا ثتھ ۔
زِٹھن ہُنٛد توٚرمت جاداد بیترِ ۔

پوٚت فکرٕ ۔ پتھ کُن فکرٕ رونہٕ نی ۔
پوٚت گل ۔

پوٚت کنٛھ کرٕنۍ ۔ غأبتھ کرٕنی ۔ پتھٕ دِیا
کرٕنی ۔ کأنسہٕ ہنٛز غأر حأضری

مَنٛزٕ تَس خَلاف وَنُن۔

**پۆت گَل** ۔ پۆت فِکِر۔ ژُور گل۔ اَنٛدرِ اَنٛدرِ گُنٛنہٕ کُن فِکِر آسٕنۍ۔

**پۆت کنہٕ بوزُن** ۔ بیٚیہِ سٕنٛدی کتھ بوزٕنۍ۔ (کانٛسہِ) سو کتھ کنَن گَژھٕنۍ یوٚس ہِنٛزٕ نہٕ ژِٕ میژ آسہِ گژھ۔ الغاکہٕ بوزُن۔

**پۆت کِتُل** ۔ مُصیبتہٕ علاوہ بہٕ فِکِر آسٕنۍ زِ پتہٕ کیٛنہِ یا سے پتہٕ کیا بنہِ مثالہٕ پن (خاصکر ژھتہٕ بیلِہِ کانٛہہ فاد آسہِ یا آسہِ مرنہٕ سَر بیترٕ)۔

**پۆت کھش** ۔ ا۔ کھرٕ طرفہٕ کھش۔ ۲۔ بے خوٚنگی یا کھٔٹی گامٕژ تہٕ ژھٕنُن۔

**پۆت کھٕل** ۔ سو چھوٚمبہٕ کرہٕ ہیچ جاے یوٚس کرِ پتہٕ کنیٚ آسہِ۔

**پۆت کھور (کھور ہن)** ۔ وانہٕ وُنے۔ چَل چَل۔ وُلۍ وُلۍ۔

**پۆت کھورِ ژَلُن** ۔ یوان یو آنی واپس پھیرُن۔ چَل چَل واپس نیرُن۔

**پۆت گَب** ۔ ژَچہٕ منزٕ لنٛجہ یا موٚنٛدٕ اَس بیترٕ بیٛنہٕ کوٹ نیرُن۔

**پۆت گس (دیٛژن)** ۔ ا۔ پھیرِ پھیرِ کنٛکھن دل (خاصکر ژھتہٕ گامٕتٕ مٔژن کنکھن)۔ ۲۔ ہوٚکس فصلس دانہٕ پھرناونۍ۔

**پۆت گنٛڈ** ۔ گُل بیترِ ژٔٹنہٕ وِزِ تتھ پۆت وِزِ سِہٕ ژٔٹنہٕ خاطرٕ رٔژ گنٛڈ۔

**پۆت گٔنٛڈ** ۔ ا۔ گاڈِ ہٕنٛدِ لیٛجہٕ طرفک حصہٕ۔ ۲۔ کوہٕ ٹینگک، حھنٛگک یا کُلیک پتیٛمِم حصہٕ۔

**پۆت گلُن (گژھٕنۍ)** ۔ ا۔ بکہِ وِزِ پۆت یا ہیچ تراے گراے۔ ۲۔ پۆت خیال یُن۔ مرضی بدلنہِ مرواہ پھیرُن۔ ۳۔ ٹلنہٕ بیٚیہٕ مرنہٕ بہوٚن۔ اَبلٕ وون آسنہٕ بیٚیہٕ پتہٕ گژھُن۔

**پۆت گوٚد** ۔ کانٛسہِ آشناوس ژُورِ ژھیپہٕ مدد کرہٕ، یا پتہٕ گرس داد وانُن۔ (م) مالی نیٚنگ چُھس پۆت گوٚد۔

**پۆت گراے** ۔ ا۔ یلوان بیترِ چھلنہٕ وِزِ پۆت چھوکھ کڈُن۔ ۲۔ پۆت گلُن، یل۔ پۆت یٚتھ۔

**پۆت لَب ژٔٹنۍ** ۔ پتہٕ مرلبہٕ بوٚرژٔٹھ سَرن دِنۍ۔ (م) مطلب ژٔٹناوِ پۆت لب۔

**پۆت لاٹھ** ۔ (ل۔م) آخری تہٕ پتیمِم لاٹھ (دستارس بیترٕ)۔ آنٛکارِ پتہٕ بب ہیوٚن۔ پۆت مرواہ۔

**پۆت لاس** ۔ نوقصان تہٕ خاری بیترِ تلیتہٕ پوٚتس آتھہِ آیہٕ نہٕ کھبھ یا فایدٕ۔

**پۆت لاکھ** ۔ سو کھوٚن یا بوٚرٕ ییٚس

پوٗتس سارنہٕ بِیہٕ ۔ پتِم سار ۔ یہ پتی مہ لَٹہِ سارنہٕ بِیہٕ ۔

**پۆت لانٛج** ۔ سکھٕ ہنزٕ گرِ ہتھ پتی کنی کانٛہ کھٔڑِن ۔ پتی کنی نہٕ سپزٕ آسُن ۔ پتی کنی کانٛہ کسرٕ پننی ہشر ہٕ بیشانی آسنی ۔

**پۆت لابہٕ گژھُن** ۔ فصل ہنزٕ پہٕ ختہٕ یا گٹی پکُن ۔

**پۆت مہرازٕ** ۔ مہرازس ستی یارادہٕ آسٔت کوٚٹ (ٹاٹھنیارٕ کنی) ۔ (ورگہٕ یا گٹی) شرکیس کانٛسہٕ یَزٕ ہتھ دار اِنسانہٕ سندی کنی خاطرٕ واتہٕ ۔

**پۆت نَم** ۔ نادِ ہُشد پتِم اَند ۔

**پۆت نیرُن** ۔ ۱۔ واپس نیرُن ۔ واپس گژھُن ۔ ۲۔ (ورگہٕ یا گٹی) لفظہٕ پھِرُن ۔ زیو پھِرنی ۔

**پۆت وَژھہٕ پھیرنہٕ** ۔ ۱۔ (خوفہٕ یا ترٕاس کھینہٕ کنی) سوٗن پھیرُن ۔ کنہٕ نبہٕ چھِ پھِرنہٕ ۔ شکس رنٛگ ڈلُن ۔ ۲۔ کنہٕ اَترس تنٛہٕ ہنزٕ گژھنہٕ وزِ شوٗوزد گژھُن ۔

**پۆت وال** ۔ شہ دابہٕ یُس چھُ ہیَن وزِ وانہٕ سوٗنٛڈس پتہٕ کنہٕ ہَرِ ۔

**پۆت ووٚنی** ۔ یکو دَلو ہنزٕ چھلنہٕ پتہٕ

سوٗژیوٗمُت مالہٕ آب ۔

**پۆت ہَر** ۔ کانٛہ شال کارخانس منزٕ سازس بیٹھٕ کنہٕ چہٕ تِمہٕ یورِ یمَن بیٹھ پَن چھِ بنٛد روزان ۔

**پۆت ہیوٚن** ۔ توٚب ہیوٚن ۔ پتہٕ روزُن ۔ منٛہٕ ہنٛزٕ ہنزٕ کام وتی ترٕاونی ۔

**پۆ تھٕر** ۔ ن ۔ موٗل ۔ پۆترٕ ح س : پشرٕ ۔ نیچو ، گوٚبر ، کوٚٹ ۔

**پۆترٕ باو** ۔ نیچوی توٚن ۔ نیچو آسُن ۔ نیچوی سٕند ہیوٚہ ورتاو ۔ پۆترُت ۔

**پۆترٕ بوچھ** ۔ یُس پۆترٕ وژھے آسنہٕ کنی پۆترٕ سٕندِ دادِ کژ لیشان آسہِ ۔ بےاولاد ۔

**پۆترٕ بوچھ** ۔ پۆتھٕر آسنُک شوق ۔ نیچو زینہٕ یا ینہٕ کژ یشُن ۔

**پۆترٕ بوچھ ہیوٚن کو چھ** ۔ یہ چھِ تمہٕ وزِ ونان ییلہِ کانٛہ نیچو نہٕ آسنہٕ کنی لوٗکہٕ ہشدِن ووٚلہٕ ووٚلہٕ کرِ ۔

**پۆترٕ پوٚن** ۔ پۆترٕ دگ ۔ پۆتھٕر مرنُک ماتم ۔ پۆتھٕر مرنُک کیُل ۔ یہ چھُ اَکھ دوٗہٕ ہیوٚہ تہٕ ۔

**پۆترٕ پوٚن ہیوٚن** ۔ پۆتھٕر مرُن ۔ پۆترٕ دوٗکھ ہیوٚن ۔ یہ چھُ دوٗہوٗ ۔

**پۆترٕ پیٹھٕ ڈ** ۔ موٗردٕ سٕندِ نادی

نشدی نیچوی شراس بیٹھ تھوومت
بتہٕ دہ گل۔

**پۆترتشدل۔** نیچوی پشگتھ۔ وارِیاہ شُری۔

**پۆترترِبش۔** ۱۔ ماٲلِس ماجہِ ہشدِ مرنہٕ پتہٕ
پۆترٕ شند ترپن تہٕ کرم بیٚنرِ۔
۲۔ پۆترٕ شنز سنتھ (مرنہٕ پتہٕ)۔
م، پۆترٕ ترِبش روزی تس سوٚ جود۔

**پۆترِدگ (بیٚنی)۔** پۆتھر مرنک دہ کھ۔
پۆترٕ یوٚن۔ بہٕ چھُس اکھ ووٚہو۔
م، بیٚنہٕ تس پۆترِدگ۔

**پۆترٕدود۔** ڈٕبی دود۔ نیچوی دود۔ پۆترٕ
شنز دپر۔ پۆترٕ شنز ماے۔

**پۆترٕدہ کھ۔** پۆترٕ شندِ مرنک ماتم۔
پۆتھر مرنک غم۔

**پۆترٕزاے۔** ۱۔ نیچو زیوٚن۔ گوٚبر زیوٚن۔
۲۔ نیچو زینک بوٚڈ دوٚہ۔ م،
گوٚری بابہ پۆترٕ زابہ پوشتس آبے
(بہر مانند)

**پۆترٕساوے۔** ۱۔ پۆترٕ سوکھ۔ جان تہٕ
رتی شُری آسنیچ شادی۔ ۲۔
پۆتھرن ہشد بجا آسُن۔

**پۆترٕکرم۔** مرنہٕ پتہٕ ماٲلِس ماجہِ کرٕ یِنہٕ یِوان کرم
کرٕنی۔

**پۆترٕکار۔** ۱۔ ماٲلِس ماجہِ کُن پۆترٕ شندی
فرض۔ ۲۔ پۆترٕ شندی
ہوی فرض۔

**پۆترٕگاش۔** پۆتھر نوٚنی تہٕ بھوٚ پنی۔
پۆترن ہنز بجاے۔ پۆترن
ہشد کشن بٕکُن۔ پۆترٕ ستھ۔
بہٕ چھےٚ آہی۔ م، گرٕ ژھ ژے
پۆترٕ گاشس۔

**پۆترٕماٹگے۔** ۱۔ نیچو سٕنگھ ہیوٚن۔
کاٲنسہِ نیچو سٕنگُن۔ (کوچھ
ہینہٕ با پتھ)۔ ۲۔ نیچو بننہٕ
باپتھ دیوی دیوتاہس یا بیٚیہِ
کاٲنسہِ زار پار کرُن۔

**پۆترٕماج۔** سو زنانہٕ یٔس ہاوٕنی تہٕ
نھیکنی لایق شُری آسن۔

**پۆٹ ع۱۔** ن۔ سٕول۔ پٹ۔ ح س: پٹہٕ۔
۱۔ کُنشِک سوٚتُر تختہٕ (پیچہ ہشد،
لکرِ ہشد)۔ ژادر، تختہٕ (دبنو،
شیشو)۔ ۲۔ دہ یو دارِ بٹو
یا بر پٹو منز اکھ۔

**پۆٹ ع۲۔** ن۔ سٕول۔ پٹ۔ ح س: پٹہٕ۔
منل۔ بیرس وونمت کپُر۔
اوٗنی کپُر۔

**بٹی وان۔** ۱۔ شہ دکان ییتہٕ نس
پۆٹ آسہِ کنُن۔ ۲۔ سو جاے
ییتہٕ پۆٹ آسہِ وونہٕ یِوان۔ ۳۔
پۆٹ وونک لوٗم۔

پوٹھ ـ ن ـ مؤل ـ پوٹھ ح س: پُشتہ ـ
موٹ نۂ جیرہ دار ـ ویوٹھ پوٹھ ـ

پوچھ ـ ن ـ مؤل ـ پچھ ح س: پکشہ ـ
ا ـ پچھس پوشہ ون ؛ پچھس سوسب ـ
۲ ـ بۂ پچھ سپد ـ بۂ پچھ بنۂ
یا تیار گڑھ ـ م، تڑ پچھ رزماہ ـ

پچھ ـ پچھ گڑھیتھ ـ پچھ پتۂ ـ

پچھ پچھ ـ پوڑ بیداہ دوہ ـ پچھک
پچھ ـ

پود ـ ن ـ مؤل ـ پد ـ ح س: پَد ـ
ا ـ کھوڑک ٹلیئم حصۂ ـ ۲ ـ
پار (کھوڑ بانگ) ـ ۳ ـ کھوڑک
نشانۂ ـ کھوڑک آکھ ـ ۴ ـ قدم ـ

پدپتھ پد، پد بیٹھ پد ـ ا ـ قدمۂ قدمۂ ـ
قدمۂ پتۂ قدمۂ ـ ۲ ـ جایۂ پتھ
جایۂ ـ رڑ رڑ ـ

پدپد ـ پڑکتھ قدمس بیٹھ ـ پڑکتھ
جایۂ ـ جایۂ جایۂ ـ م، پدپد
اوس تتۂ بیپیس ـ

پدراہ (پدی راہ) ـ راہو سنز سوہ
دشا پتھ اندر ٹلی یکن تۂ یکن
پیپیۂ ـ (ورگۂ) ناحقک بنۂ
گڑھ ـ ببیہ نۂ آشن ـ

پدن بیٹھ ـ ا ـ دوہ دنی ـ تھوڈ کھتھ ـ
۲ ـ نیبرنس تیار ـ بیٹھنس نۂ
فرصتھ (آسنی) ـ

پدن مبیٹھ دِنی ـ ا ـ کھورن موونی کرنی ـ
سیٹھا تول ترن ـ ژھاین تۂ
گژاین وچھن ـ سیٹھا پزکتھ
کرن ـ مان کرن ـ ۲ ـ سخ عاجزی
کرنی ـ سیٹھا زارۂ پارۂ کرن ـ

پدی ـ "پود" لفظک جمع ـ

پدی پھکنی ـ بنۂ گڑھ کرنۂ سیتی کھور
گسۂ پنی ـ (ورگۂ) ٹلی بنۂ گڑھ
کرن پیون ـ سیٹھا تیحنتھ کرنی
پیپی ـ

پدی دیار ـ سپتۂ پدی ہشدی دیار ـ
ژتمۂ روہ بیۂ بیمۂ گگنس بیٹھ اگنس
اندی اندی مہر پتۂ سنتھ قدم
کڈنۂ ونۂ پدن تل تھوونۂ چھے یوان ـ

پدی وکھ ـ منزی کڈ مژ وہ کھلی وکھ ـ

پدی ہول ـ یس کھور ہلی آسن ـ کیتن
نۂ قدم سیود آسہ دوان ـ

پود تڑاون ـ ا ـ قدم تڑاون ـ ۲ ـ کھور
ژاٹن ـ کنہ کامہ بینۂ منز دخل دین ـ

پود تڑاونس نۂ جاے روزنی ـ سخ
بیر آسنی ـ لوکۂ لوکے آسنی ـ
بیر بارۂ آسنۂ کنہ جاے
آدرِ کتھ آسنی ـ

پوڑ ۱ ـ ن ـ مؤل ـ پڑ ح س: پد یۂ ـ

۱۔ سٕتھ۔ حق۔ صحی۔ ۲۔ اَصل۔
بہ پا ژیس نہٕ کیہہ آسہِ۔ بہ پٮ۪ژ
کھ٘راہ آسہِ۔

پٮ۪ژِ ۔ ۱۔ اَپزِ رٔوس۔ ۲۔ (زارس منٛز)
پوشہِ پٮ۪ژ منٛز باگ تژ آوتھ گنڑن۔
پٮ۪زاپٮ۪ژِ ۔ کینٛژھا پوٚز تہٕ کینٛژھا پٮ۪ژ
یتھٕ ژھتھ۔
پٮ۪ژِ پٮ۪ژِ ۔ ۱۔ پٮ۪زٕ تلہِ۔ اَصلہٕ تلہِ۔ ۲۔ بلکل
پٮ۪زِ یاکھٹی۔ اَپزِ رٔوس۔
پٮ۪ژِ پوٚز ۔ پٮ۪ژِ پٮ۪ژِ ۔ یتھ منٛز سورُے
پوٚز آسہِ۔ یتھ منٛز نہٕ کانٛہہ
کھکھ آسہِ۔
پٮ۪ژِ وَنہٕ گژھُن ۔ مرُن۔ یتیمہ دُنیا ہہ
گژھُن۔
پٮ۪زِ یاکھٹی ۔ اَصلہٕ تلہِ۔
پٮ۪زی کنی ۔ پٮ۪زِ یاکھٹی۔
پٮ۪زی یارٕ ۔ پٮ۪زکھ۔ پٮ۪ژِ ۔ پٮ۪زی یارٕ ی گی۔
پٮ۪زی بور ۔ یُس پٮ۪زِ س بیٹھ آسہِ۔ یُس
پوٚزکرِ۔ پٮ۪ژِ ورتاوِ ۔ ایمانٛدار۔
دیانتدار۔
پوٚزاپٮ۪ژ ۔ کینٛژھا پوٚز تہٕ کینٛژھا اَپٮ۪ژ۔
جالسازی۔ فنٛد فریب۔
پوٚز بٕزُن ۔ پٮ۪ژکتھ ٹنٛز نیٚرنٕی۔ پٮ۪ژِ
نوٚن نیٚرُن۔ پوٚز سرٕ گژھُن۔
م۲ (یہ نام) پوٚز پٮ۪ژ (توتام)

عالم دٕزِ۔
پوٚز پوٚز ۔ پٮ۪ژکتھ رنٛگہٕ پوٚز۔ یتھ منٛز
سورُے پٮ۪زٕ آسہِ۔
پوٚزکرُن ۔ وادس بیٹھ رُوزُن۔ لفظ
پوٚزکرُن۔ یہ دُوٚلمت آسہِ
تتھ بیٹھ یکُن۔ پوٚز پالُن۔
پوٚز ع۲ ۔ سۄال : پٮ۪ز حس : پدیہ۔
گگر۔ ییکن۔ اما پوٚز۔ م،
پوٚز نٔمی چھنہٕ پٮ۪زِ ھ کتھ زانٛہہ
تہٕ ڈِنی مٔژ۔
پوٚژھ ع۱ ۔ ن۔ سۄال : پٮ۪ژھ۔ حس:
پیچ چھا۔ دَستہِ دار پلہٕ۔ کنٛز
ولنہٕ کرِ پلوک اَنٛد۔ م،
پوشبرِ پوٚژھ۔ دَستار پوٚژھ۔
پوٚژھ ع۲ ۔ ن ۔ سۄال۔ پٮ۪ژھ حس :
پیار کھفیہ۔ میٚہمان۔ یُس کانٛہہ
دٔہ پرٕگرٕ واتتھ پیٚیہ یا سالہٕ ییٚیہ۔
م، پٮ۪ژھی باسے۔ ۔ م، پٮ۪ژھس
پوٚژھ کھرالہ خانہٕ دارس دٔہ شوٚرے۔
پٮ۪ژِھل ۔ پٮ۪ژھی لانٛز۔ پٮ۪ژھی پوٚنا۔ پٮ۪ژھس
آدر ستکار۔ میٚہمان نوازی۔
۲۔ پٮ۪ژِھن ہٕنٛز دٔہ سہ دژھہِ۔
۳۔ نِشانی۔ شہ زخمہٕ ہیو یا
ہٹھ آے یُس نِشانہٕ بیٹھ گو بہ ہول
کورِ مأنس وانشادان چھُ۔

پُڑھی۔ "پوڑھ" لفظک جمع۔

پُڑھی لاز۔ میہمان نوازی۔ وچھو "پُڑھل" ماے ع۱ تہ۔

پوڑھ لوڑھ۔ پوڑھ بینز۔

**پوس۔** ن۔ مؤل۔ پَس < س: پُس۔
۱۔ تم بُبرہوی ہم کُنو تَرل چیزس چھو کوءَ نہ یا گٹہ کہ بینز لگیءِ عستی بیٹھ کُن کھسان چھ۔ ۲۔ بھینہ۔

پوس اَنُن، پوس کھاءُن۔ پوس پاءُ کرُن۔ بھینہ کھارنہ۔ بھمب کھاءِ ذ۔ سیٹھا کنفہ کرناوُن۔

پوس پُن۔ زیادِ کنفہ کرئی کرئی پڑاژدو کیز کھوکہ نہری نہری ژلنہ۔ بھینہ کھسنہ۔ خوشکینہ کھسنی۔ بھمب کھسنی۔

**پوش ع۱۔** ن۔ مؤل۔ پَش < س: پَشُو۔
۱۔ حیوان۔ خاصکر تھ گرٕی گیٖن بینز۔ چار وو ے۔ ۲۔ (دورگہ) مٹہ۔ یُس نہ کانہہ ییٖز شوژ آسہ۔

پشی۔ "پوسھ" لفظک جمع۔

پشی ذاکھ۔ حیوان ذاکھ۔

پشی زان۔ پَشن ہنز زان۔ حیوانن ہُند علم۔ پشی بیمارن ہنز زان۔ ویٹرنری (علم)۔

**پوش ع۲۔** مؤل۔ پَنس۔ < س: پَنس۔
وچھو لفظ پَش نہ کا پَشہ دار۔

پَشہ وول۔ م، اکک پوَش۔

بیٹر پوش بینز۔ (یہ چھ بلوچہ لفظن ستی پنہ یوان)۔

**پوک۔** ن۔ مؤل۔ پُک < س: پکو۔
۱۔ پوپ۔ پنیو مٹ۔ پوخنہ گوشت۔ ۲۔ دوُر۔ مضبوط۔ ۳۔ پَینہ آمُت۔

**پوکھ۔** ن۔ مؤل۔ پکھ < س: پکشہ۔
دوَر۔ طرف۔ اشناو دوَر۔ م، ماتامال پوکھ۔

پکھی۔ "پوکھ" لفظک جمع۔

پکھی دار۔ ۱۔ شہ یُس کُنہ اکہ پکھ بینک آسہ۔ یُس کُنہ درجک آسہ۔ یُس کُنہ پکھ طرفہ آمُت آسہ (سالس بینز)۔ گرہ کیو باژو ورائے باقی رشتو دار۔
۲۔ سوُنی ساہبٹھ وول۔ یُس کافی رِشتہ داری آسہ۔

پکھی داری۔ رِشتہ داری۔

پوکھ کرُن۔ طرف کرُن۔ جانب داری کرُنی۔

**پوّل ع۱۔** ن۔ مؤل۔ پُل < پنج لفظک نہ۔ وچھو "پنج" [ بڈ نہ گھل بھو تیک اکھ قسم

یَتھ اَنٛدرٕ کھاتہٕ رَن بیتر بیٹھ
بتہٕ چھ پھوٚرٕ لرادِ پوان ۔

**پلہِ آسُن** ۔ وَڈٕ آسُن ۔ سوٚمبرِتھ آسُن ، خاصکر یَتھ پانٛسہٕ ٹونٛک ۔ یَتھ کُن آسُن ۔

**پلہِ نہٕ پَھٹُر** ۔ پھوٚتِس مَنٛزٕ نہٕ تہٕ پَھٹر تہٕ ۔ تہٕ دٕ یِتھ گو چھلہٕ چھا تمگرِ ۔ چھکرِتھ ۔

**پلہِ تھوُن** ۔ وَڈٕ تھوُن ۔ سوٚمبرِتھ تھوُن ۔ یَتھ کُن تھوُن کَھٹِتھ تھوُن ۔ نٛنبرٕ نہٕ کرُن ۔

**پلہِ روزُن** ۔ (ضوٚرٕ وُری اَخراجاتو پٕتہٕ) وَڈٕ روزُن ۔ سوٚمبرِتھ روزُن ۔ یَتھ کُن روزُن ۔

**پٔلی**
"پوٚل"، لفظُک جمع ۔

**پٔلی سار** ۔ پلہو سٕتی سارُن ۔ پلہو سٕتی اَکِہ جایہ تُلِتھ بییِس جایہِ وا تٕنساوُن ۔ پھوتہو پھوٕ تہو سارُن ۔

**پوٚل ع۲** ۔ ن ۔ ہوٚل ۔ پَل ح س : پَلہٕ ۔ یَتھ اَکھ پَل وَزن آسہِ ۔ اَکِہ پَلہِ وَزنُک ۔ ژھ دن تولُن ہُشہ ۔ م ، آٹھ پوٚل ۔

**پوٚل ع۳** ۔ ن ۔ ہوٚل ۔ پَل ح س : پَلیہٕ ۔ (پلیٹس) ۔ ڈبوٚل ۔ لبوٚژ ۔

نوتوان ۔ کمزور ۔

**پوٚن ع۱** ۔ ن ۔ ہوٚل ۔ پَن ح س : پھنہا ۔ ہیچھ پٕتیٛ دار کیٚنژ بوسہٕ یکِہ جورٕ وَنہٕ با یِتھ ٹھکنہٕ پوان چھے ۔ ۲ ۔ سُہ اَلِکہ ٹوٹہٕ ییس ؤنِس بیتر کھاوَنہٕ وِزِ کھاسو نہٕ یِتھ تٕراونہٕ پوان چھے ۔ ۳ ۔ سو کیٚنژ یَتھ کلیتِہ اَلو تہٕ تٕرآدی نہٕ ۔ کھوٚتٕی (اللہ واکھ) ۔

**پوٚن ع۲** ۔ ن ۔ ہوٚل ۔ پَن ح س : م ہُنہٕ تبہٕ ۔ غم ۔ فِکرِ ۔ ماتم ۔ دوہ کھ ۔

**پوٚن پیوٚن** ۔ غم پیوٚن ۔ دوہ کھ پیوٚن ۔ ماتم پیوٚن ۔ کانٛسہِ ٹاکھی ہشر دگ پیٛنہٕ ۔ (دوہ ہو) ۔

**پوٚن ع۳** ۔ ن ۔ ہوٚل ۔ پَن ۔ ح س : پرنہٕ ۔ ٹھک : پَن = تُہرگ یُس سو پیتر بوٚس سو نہٕ تٕرام ، سون تہٕ زُشد بیتر کارِتھ بناوان چھ ، اَمہِ چھِ چھلو سٕتی چھ یتہٕ گہٕ م گرِتھ زیورن واٹھ دِوان ۔

**پٔنی کسر** ۔ گھنٛج واٹہ کسر ۔

**پٔنی واٹھ** ۔ ۱ ۔ گہنس بیتر پینو سٕتی دبٕنتمُت واٹھ ۔ ۲ ۔ گھنٛج سو جاے ، ییٚتِتھ پوٚن آسہِ کرنہٕ آمُت ۔

**پوٚنٛنر ع۱** ۔ ن ۔ ہوٚل ۔ پٕنٛنر ح س : پٕرونٛگ ۔

بۆ کٔٹ واتہٕ درٕ ذاتھ۔

پۆژرِ ووہ کتھ نہٕ بڑارِ بیٚہ۔ یہٕ چھِ تمہِ وِزہٕ وَنان ییٚلِ اَکھ ژھو یہٕ کَرِتھ بیٚہنا آوِ تھ بیٚشا کھ دٔما لۍ ژھٕ ناوِ۔

پۆژری۔ "پۆژرٕ" لفظُک جمع۔

پۆژری اڑنگیج۔ اَکِ بۆٹہِ ہُنٛد ناو یُس چارٕ واین دَوا چھےٚ۔

پۆژری پوٚ ٹھ۔ اَکِ بۆٹہِ ہُنٛد ناو یُس نیٚیہ بیٚتہِ دڑا مژرَن ژالنَس دَوا چھےٚ۔

پۆژری وول۔ پۆژرٕ رَچھَن وول۔ یُس پۆژرٕ آسہِ۔ یُس پۆژرِس کھیلہِ بیٚترِ کرٕ ناوِ تھ اوزٕرِ گٔماوِ۔

پۆژرٕ ع۲۔ ن۔ موٗل۔ پَژرٕ۔ > س: پنجکہ۔
۱۔ مِلوِ کتھ پانژھ۔ یَتھ مُنژ پانژھ آسَن۔ پانژَن ہُنٛد بَنیوٗمُت۔ ۲۔ پانژِ گوٚن۔ پانژِ پھِرِ۔ م، اَکھ پۆژرٕ پانژھ ژٕ پۆژری داہ۔

پوٚہ ع۱۔ ن۔ موٗل۔ پۆہہ۔ > س: پَلیہا۔ رِنجہِ ئیلہِ اَندرٕ ۍ کنہِ کھو دیہِ طرفہِ اَکھ بَنٛد۔

پوٚہ ع۲۔ ن۔ موٗل۔ پۆہہ > م۔ اَچھ ہٕنٛدِس لاکس پیٹھ پاد گوٚمُت سفید داغ۔ اَکھ اَچھ بیماری

پوٚہ ع۳۔ ن۔ > س: پلانترا پاش زٕرٕنٛد۔

پوٚہول۔ ن۔ موٗل۔ پہل > س: پَشہ پالہٕ۔ رَچھنہٕ یا پٔتھ گُپَن تہٕ تیٚنژ بیترِ نیوٗر کھارَن وول۔

# پو

پوٗتر۔ ن۔ موٗل۔ پوتر > س: پاتٔر۔
۱۔ کھورٕ ٹیمک سُہ حِصہِ ییٚمہِ سٕتۍ ناو چلاوان چھِ۔ ۲۔ یونہِ ہُنٛد سُہ حِصہِ یَتھ مَنٛز بھال یا پھوٗل بَنٛد چھِ آسان۔ ۳۔ تژکرہِ ہُنٛد سُہ حِصہِ یَتھ مَنٛز بَرٕ مانہٕ یا تولنُک چیز تھوان چھِ۔ ۴۔ کورٕ ئُٹ۔ اَلبانہِ ہُنٛد سُہ حِصہِ یُس زٔمینس پیٹھ چھُ آسان۔

پوٗتر دِیُن۔ کھورِ سٕتۍ ناوِ ووہ رٕ اَنُن۔ کھورِ سٕتۍ ناو یَتھ یا بڑوٚنہِ پکناوِنۍ۔ (ورگٕرِ یا تھٕٹ) بڑوٚنہٕ گُن پکُن۔ ۲۔ ڈوہ چرٕ ڈوہ چرٕ دِیُن۔

پوٗترِ یاترِ ٹوٗنگُب۔ کٔہِ چالِ اَکِ قٕسمُک کھلِ بٔٹہِ کھٕنہِ نک اوزار۔

پوٗتر سٕمُن۔ (ل۔م) تژکرہِ ہُنٛز ڈٔنٛڈ سبز روزٕنۍ۔ تژکرہِ ہُنٛدی

زِ پاٹری اکھ اکس سٕتی سمینہ۔ (وَرگہ) ہشر ین۔ برابری بینہ۔ جوٗرٕ سٕتمن۔

**پوٹ۔** ن۔ مؤل۔ پاٹ دس : پَٹہ = ریشم کپُر۔ ۱۔ ریشم۔ ۲۔ ریشمس ہیوٗ نا اوُلی تہٕ اوٗلی۔

**پاٹی کیوٗم۔** ریشم کیوٗم۔ سُہ کیوٗم یُس گوٗ تہٕ پوٹ ییران چھُ۔

**پاٹی گوٗر۔** وانکہٕ، غلطیہِ بینہ بِناون وول۔ م، پاٹی گرٕ گری یاے۔

**پاٹی گوٗز۔** سُہ ہیہ ہش یوٗسہٕ پاٹی کیوٗم ہستادان چھُ تہٕ تیتھ ریشم وون کنان چھُ۔

**پوٹھک (آسنی)۔** م۔ مؤل۔ پوٹھک دس: پشٹہٕ + ک = دوٗر باداد۔ جان صوٗرتھ۔ سٕتثر پھتھ۔

**پوٹھن۔** ن۔ مؤل۔ پوٹھ دس: پوشٹم۔ ۱۔ وپھٹھن۔ سوٗٹن۔ پوچھرکین۔ ۲۔ پوٗرن۔ کھسُن۔

**پوٹھیوٗمُٹ۔** ۱۔ ویٹھیوٗ مُٹ۔ سوٗ ٹیوٗمُٹ۔ ۲۔ یُس پوٗرِ یوٗمُت یا کھوٗنمُت آسہِ۔

**پوڈر۔** ن۔ سوٗ۔ پوڈر۔ دانگ : پوڈر۔ (POWDER)۔ ۱۔ پھکھ۔ ۲۔ اوٗلُت۔ سوٗ پھیکھ یوٗسہٕ

پھُتھس سوٗ تدر بستاوتہٕ یا پھتھ مستقان چھُ۔

**پورع۱۔** ن۔ مؤل۔ پور دس : پُر۔ فرشتہٕ بیٹھہِ تالوٗس تام یا اکہِ تالوٗ بیٹھہٕ بیس تالوٗس تام یرہٕ شہ حصہٕ۔

**پورِ دِنہٕ ین۔** سَرن مشرتھ رہن۔ تیتھ کرٕن زن تہٕ مرنے چھُ۔

**پورِ دیُن۔** زیچھِ وآنسہِ ہشر آشش آسنی۔ واریاہس کالس زِ تھد روز ہنج ووٗ سید آسنی۔ م: پور چھا کا تھہ آمت پور دِتھ؟

**پورع۲۔** ن۔ مؤل : پور دس: پُرس۔ ۱۔ دُننا۔ طرف۔ تہٕ دُبنہ گوٗ پوٗر، پچھم۔ دکھنِ تہٕ ووٗتر بینہ۔ م، کھوٗر پور شمال تہٕ دچھُن پور جوٗنوٗب بینہ۔ ۲۔ جاندار شند خاصکرِ تھ انسانہٕ سُند یا حیوانہٕ سُند دچھن، کھوٗور، پتھیم یا برٕ کنتھیم پاس۔

**پارِ آشن۔** سُکھہٕ آشن یتھ بکار ییہٕ یا پلنہٕ کرہٕ۔

**پارِ روزُن۔** مدَتس عمرٕ سٕتی روزُن۔ پلنہٕ یا یتھ نگھہٕ تلہٕ روزن۔

**پاری۔** گنہ یاسہ کنہ، طرفہٕ کنہ۔ م، ہپاری، ہیپاری۔

پٲرۍ پٲرۍ۔ طرفہٕ طرفہٕ۔ پاسہٕ پاسہٕ۔ بڑٕ ستھ اَنٛدٕ۔

پٲرۍ پٲرۍ لگُن۔ بڑٕ ستھ پاسہٕ بلایہ لگُن۔ ڈٕنٛدِ ستھ لگُن۔ پھیرۍ پھیرۍ وَنٛدہٕ یُن۔

پٲرۍ لگُن۔ بلایہ لگُن۔ ڈٕنٛدِ ستھ لگُن۔ (خوشامد کرنی)۔

پورٕ وُن۔ ہو کھنا وُن۔ سٕر ییٚہہ ژٕلراوُن۔

پورٕٹ۔ ن۔ سٕول۔ پارت ح ٖ۔ اکِہ قسمٕچ ئُٹ یَتھ بیٚٹھ پرانہٕ دَفتہٕ میٚٹٕر یا سکھ واہراٹھ دِ ستھ شُری تُجِ یا اوٚنگجِ سیتۍ لیکھن ییٚچھان آسی۔

پورٕن۔ ن۔ سٕول۔ پور ح س: پار ینٕ۔ ۱۔ پوشُن۔ غالِب سپدُن۔ تَل اَنُن۔ کانٛسہٕ زورَن یا بییہ کُنہٕ اَنٛدَر داتُن۔ م، تُس پورِیہٕ دُشمَن۔ ۲۔ کانٛہہ اوزار بیترِ کُنہِ وَسُن، ژٕرٹھ ہیکُن۔ یا بییہ کُنہٕ رنٛگہٕ ٹھیکھ پاٹھۍ کام کٔرِ ستھ ہیکُن۔ م، یہِ شٕراکِہ پیٚچ پورِیہٕ ہیچہٕ۔ (دَوا) کارگہ گٔژھُن۔ (دود) ٹلراوُن۔ م، بیمارس پوریوٚ یہٕ جہ لایہٕ۔ (۴) (زٔخمس) اَنٛگ یُن۔

پوربہٕ۔ ۱۔ کَم زیادٕ ہوٚکھ آسُن۔ سٕر ییٚہہ کَم گوشت آسُن (ژٕینٛس، گاسس، پلوس بیترِ)۔ ۲۔ کژور بہُن۔ پاکھ ہو کھُن۔ رَتھ پہُن۔ (زَخمس بیترِ)۔

پوربہٕ ہیوٚن۔ ۱۔ ہو کھُن ہیوٚن۔ ۲۔ پلُن ہیوٚن۔ کژور بہُن ہیوٚن۔

پوژھ۔ ن۔ سٕول۔ پاژھ ح س: ٖ پوتہٕ۔ پراکرت: پوتھ [ ] سٕتھر کیٖرِ ک اَنٛدٕرۍ پھیرَن۔

پاژھی۔ "پوژھ،، لفظُک جمع۔

پاژھی دِلہٕ۔ (تنٛہِ بیٚٹھ) ژھوٚرۍ پوژھ۔

پوس، پوست۔ ن۔ سٕول۔ پوس، پوست ح ف: پوست۔ ۱۔ مَھلہٕ۔ ژَم، کھَل۔ دِل۔ ۲۔ خشخاش گوکُر۔

پوس وَسُن۔ مُسلہٕ وَسُن۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ کام کٔرۍ کٔرۍ ژھیٚنٛتھ ییٚوُن۔

پوس واتُن۔ ۱۔ مُسلہٕ واتُن۔ کھَل والُن۔ دِل نٕلُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) سخ بہوآرۍ کٔرِ ژٕ۔ اَڈٕ زاڈٕ کٔرِ ستھ یہٕ، کھیتہٕ یا قیٖ ٹھوُن۔

پوستہٕ بیٛول۔ خشخاشُک دانہٕ۔ خشخاشُک بیٛول۔

پوستہٕ کھوکھر ۔ شخاشش گوٗلر۔

پوسٹنل ۔ ن۔ سۄل ۔ پوسٹنل < م ۔
اکھ کُلی ذاتھ ۔

پوسٹ آفس ۔ ن ۔ سۄل۔ پوسٹ آفس < انگ:
پوسٹ آفس (POST OFFICE)۔
ڈاک خانہٕ ۔

پوس کاڑ (پوسٹ کارڈ) ۔ ن۔ سۄل: پوس کاڑ
< انگ : پوسٹ کارڈ (POST CARD)
ڈاکخانہٕ کہِ طرفہٕ جاری کوٗرمُت
چِٹھۍ لیکھنہٕ بابت اکھ توٗن کاکز
پوٗٹ ۔

پوس ماٹم ۔ ن۔ سۄل ۔ پوس ماٹم < انگ:
پوسٹ مارٹم (POST MORTEM)
مرنہٕ پتہٕ جِسمُک ڈاکٹری مُلاحظہٕ
(تٕرٹہٕ واتھ بینز کرنہٕ تھ) ۔

پوس ماسٹر ۔ سۄل ۔ پوس ماسٹر < انگ:
پوسٹ ماسٹر (POST MASTER)
ڈاکخانُک افسر ۔

پوشش ع ا ۔ ن۔ سۄل ۔ پوشش < س: پُشیہ
(وبدِک) ۔ ا۔ کوسم۔ گُل ۔
گُلچ پھلے ۔ ۲۔ چِکن دوٗزی یا
نقاشی بینزِ منز بنومُت پوشک
نوٗموٗنہٕ ۔ ۲۔ بیوٗل (انسانہٕ شُند)۔

پوشہِ باغ ۔ یتھ باغس پوشش آسن ۔
پوشہِ وآر (وٕرگہٕ باغٹۍ) سوہ بگ ۔

پوشہِ برگ ۔ پوشہِ ڈٕکھر۔

پوشہِ پوٗژ، پوشہِ پوٗژا۔ ا۔ لولہٕ تہٕ پیٹھرِ
بینزِ ستی کانسہِ پوشش لاینہٕ ۔
پوشش لاگی لاگی بینز کرن ۔ ۲۔
بٹہٕ کھاندرس منز لگنگ پتیُم
رٕسم یتھ مہرِ بینز شُند مالِنۍ
دوٗر مہرازس تہٕ مہریٹر بیٹھ پکو
تراوِکھ پوشش چھکان اچھ تہٕ
آہی کران چھ ۔

پوشہِ ترٕنگ ۔ پلنگ یتھ پوشش وٕکھرِ تھ
آسن ۔

پوشہِ پھلے ۔ ا۔ سوشنہٕ پھلی ہنی پوشش ۔
۲۔ پھلیہ کال ۔

پوشہِ تمبر ۔ پھلیہ کالچ سوہ سردی
یوس تہٕ تھ گژھان چھے۔

پوشہِ ٹُل (ٹُول) ۔ پوشش یوتا نوٗت،
نوٗزگ ۔ رم، پوشہِ ٹُل ڈالے
(رٕنٕ ٹُل ہیر)

پوشہِ نون ۔ خوشوٗن تہٕ پھولِوٗن وزناو۔
رم۔ ازہے ییہ کرہٕ شنہٕ جوٗ سوینے
روشہِ روشہِ کرِ سے پوشہِ تونیے

پوشہِ کھٕل ۔ ا۔ پوشہِ ڈٕھر ۔ ۲۔
پوشہِ چمن ۔ ۳۔ پوشہِ نہالی۔

پوشہِ کھٕر ۔ پوشہِ زنڈ۔ پوشہِ گُچھ ۔
پوشہِ کھٕر کھارٕنۍ ۔ پوشہِ کھٕر ہٕنز

تشکل بَناوُن۔ پوشہٕ ٹُھر بَناوُن۔ (لَبہِ یا کاکدس پیٹھ بنٕزِ ببٕٹھ)۔

پوشہٕ ٹوٗر۔ بیٚچھ لیٚنہٕ پوش۔

پوشہٕ چھٕٹنھر۔ پوشَن ہٕنٛز بَناوٕمٕژ چھٕٹنٛرٕی۔ یَتھ چھٕٹنٛرِ پوش لاگِتھ آسَن۔ یہ چھےٚ یوان کھاندَرس منٛز مہرازَس پیٹھ تَھوَنہٕ۔

پوشہٕ چھٲنی۔ (باغَس منٛز) یُرِ تھٕ پیٹھٕ پھٕلٕنے۔

پوشہٕ دَستہٕ۔ پوشہٕ گوٚنٛد۔ گُل دَستہٕ۔ اَکھس منٛز رٕنٛزٕ یوٚن پوشہٕ گیٚوٚڈ۔

پوشہٕ ڈٲل۔ سُہ جاے یٚتِنہٕ پوشی پوشہٕ پھٕلی ہٕنی آسَن۔

پوشہٕ ڈوٚر۔ پوشہٕ چمَن۔

پوشہٕ زَنٛڈ۔ سُہ زَنٛڈ یَتھ پوشہٕ دژاہٕنی آسَن۔ پوشہٕ گرٕ ڈٕ نیٚتھ۔

پوشہٕ ژٕنجِ بیٚنٛر۔ یَنہٕ نِس رٕفیٖق یا دوستہٕ سٕنٛز زٕنہٕ کُتھٕ یمَن پیٹھٕ یِتھنے ہیٚوٕ گٕژھٕ ہٕ۔ بےٚ وٲری ہوٗحوس نہٕ کرُن۔

پوشہٕ ژوٚٹ۔ منٛزَس ژرامَن ژُبہِ کھٕ اَکِ قسمٕچ یوٚرا کٹھٕ (گرٕ بیرٕ سَن)۔

پوشہٕ کٲری۔ گُل کٲری۔ چکِن کام یَتھ پوش کَرِتھ آسَن۔

پوشہٕ گُنٛج۔ ۱۔ لوٚکُٹ پوشہٕ گُل۔

پوشہٕ کھُر۔ ۲۔ اَکھ زَنانہٕ ناو۔

پوشہٕ گُل۔ ۱۔ پوشس دِیُن گُل۔ ۲۔ سُہ گُل یَتھ پھٕلےٚ آسِہ۔ یَتھ گُلِس پوش آسی دژاہٕنی۔ ۳۔ (وَرگہِ) بیٚنٛز گرٕ اَکھ نیٚچوٕ یَس شُری کٕٹی آسَن۔

پوشہٕ گوٚنٛد۔ ۱۔ پوشہٕ دَستہٕ۔ گُل دَستہٕ۔ ۲۔ گوٚنٛدِ بَدل دَستارَس لاگی ہٕنی پوشس۔ تمہٕ پوشس یِم سفیٖر یِہ لاگِنہٕ۔ (یِہ شیٖتھری مہرازن یا نمَن یمَن دوٚیِم ترٕ یٚیِم نیٚتھر اوس آسان آسی گوٚنٛدِ بَدل دَستارَس پیٹھ کیٚنہٕ پوشس لاگِتھ تَھوان)۔

پوشہٕ گوٚنٛدٕر۔ لوٚکُٹ پوشہٕ گوٚنٛد۔ (گوٚنٛدٕر چھُ گوٚنٛد لفظُک ژھوٚٹ)۔ ۲۔ ٹاٹھنیاہ رٕنز کاںسِہ زَنہِ ترِ یوان وَننہٕ۔

پوشہٕ لَشجِ واو کَرُن۔ سیٹھاہ یٚرٕ تھٕ کَرُن۔

پوشہٕ مال۔ ۱۔ پوشَن ہُنٛد وٕمٕت ہار۔ ۲۔ اَکھ زَنانہٕ ناو۔

پوشہٕ موٚت۔ ۱۔ پوشَن یَتھ متھوٕمٕت۔ ۲۔ (وَرگہِ یا کھٕٹی) مٕدُن۔ ماشوٗق۔

پوشہٕ وَرشُن کَرُن۔ (یِزٕنہٕ یا یٚتھ) پوشہٕ رُود کَرُن۔ سیٹھاہ پوش

ترٛاوٕنۍ۔ پوش بیٚٹھ چھکنۍ۔

پوشہِ وآر۔ لوکُٹ پوشہِ باغ۔

پوش کھوٕنۍ۔ پوش ہیرٕنۍ۔ گٹلے ہیرٕنۍ۔
۲۔ (وَرگہٕ) بجاگژھن۔ بَہار
وُچھُن۔ خوش تہٕ خوشحال آسُن۔

پوش ع۲۔ > ف: پوش۔ ۱۔ ڈٲلُن۔
م، میز پوش۔ پَلنگ پوش۔
۲۔ وٕلِنہٕ۔ لاگنہٕ۔ م، سَفید پوش۔
پوشہِ پوش۔

پوش ع۳۔ ن۔ مول۔ پاش > س: پَلاشِ۔
۱۔ اَکھ لکہِ ذاتھ۔ اَکہِ قسمُک گُل
تہٕ تمیُک ہٕٹ۔ ۲۔ پاش لکہِ ہُند
بنوٚٹ کاںٛہہ چیز بیترِ۔

پاش ع۱۔ پوش ناوکہِ کُلیُک یا اَمیٕہ
سٕنٛد۔ م، پاش نار۔
پاش دَن، پاش ہٕٹ۔

پوشہِ نول۔ سوٚنہٕ رَنٛگہِ اَکھ جانادار۔

پوشہِ نیٚٹ۔ مول۔ پوشہِ نیٚٹ > ؟
اَکِس لوکٕٹِس جانادارِ سُنٛد ناو
یُس سیٹھا تھٔززِ کٕن بیٚٹھ چھُ
روزان۔ بہٕ چھُ کرٕ ہُن آسان۔

پوشُن۔ ن۔ مول۔ پوش > س:
پُشیتہ۔ پُشِس ک۔ ۱۔ برابر یُن۔
کافی آسُن۔ پُرہٕ۔ بیٚون۔
ساری سٕنٛز سومبہ آسُن۔ م، بٕنہٕ پوشُن۔

۲۔ (ٲہی) کٔسُن۔ زِنٛدٕ روزُن۔
۳۔ یاچِن۔ تَل دِنہٕ ہیکُن۔ کانٛسہِ
پادِنہٕ ہیکُن۔ م، سُہ ہَس کُس
پوشہِ۔

پوشکھ تہٕ نے ژوٚکھ تہٕ نا۔ یبلہٕ تہٕ
کانٛسہِ پَکُن پایہِ آسہِ یا زَبردَستس
نش مُقابلہٕ کَرنُک طاقتھ آسہِ
تٔتھ بَرِ لوب ہیوٚن یا پوت
ژَلُن۔

پوشُن پایہِ۔ تہٕ بیٚیہِ ستی زیٚنہٕ زَر
طاقتھ۔ ل۔ قابلِیتھ۔
زیٚنُک ماد۔ یا ہیٚنِس سومب
ہیکتھ۔

پوشناوُن۔ باگراوُنِس مَتھ کُنہِ
چیزَس بیترِ براٲری اَنٕنۍ۔
ساری نے داںتناوُن۔

پوشتہٕ۔ ن۔ مول۔ پوشت > س ؟
[پُشتاتہٕ] مُبارکھ۔ وٕدِو۔

پوشنَے۔ م۔ مول۔ پوشنَے > س:
[پُشِس] ثبرٕ ژَر۔

پوک۔ ن۔ مول۔ پاک۔ > س: پاکہٕ۔
یہٕ پاکہِ آمُت آسہِ۔ م، اُڈ پوک۔
نٕیش پوک بیترِ۔

پوکر۔ ن۔ مول۔ پوکر۔ > ؟۔
رَنہٕ ہٕلہِ بنوٚٹ لوڈ کھوٚبن۔

بہ چھ ڈلہ کین رادن ہیتھ سبزی،
ہیتھ دہشہ تہ ٹخر ٹبزی بیتر
دوہ پلاوتہ باپتھ وُہراوان۔

پوگ۔ ن۔ ہؤل۔ پوگ۔ اکھ ہینگ
ٹس وایان چھ۔ دپان چھ زِ قیامتس
دۄہ بیہ لوکن زِ ندٕ کرنہٕ سۄ کھ
پوگ وا ہنہٕ (صوٗر اسرافیل)۔
(وَرگہ پاٹھی) ناش۔ شکس۔
زوال۔ م، پوگہٕ لد، پوگٕ کٕھ۔

پوگہٕ موغل۔ نبآہی کا نجھن دول۔
بربادی بٕنہٕ دھن دول۔ بھپٹل۔

پوگ اَنُن۔ شکس اَنُن۔ زوال اَنُن۔

پوگ وائِن۔ (ہزلہ کِنی) ذٔلیل کرِنہٕ
زٔلراوُن۔ ٹپن وائِن۔

پوگ یُن۔ شکس یُن۔ زوال یُن۔

پولو۔ ن۔ ہؤل۔ پولو < انگ: پولو
< بلتی: پولو۔ م، تبتی: پٕلو۔
(Polo)۔ بوڑہ ہال۔
اکھ انگریزی کھیلہٕ یُس ناو
(یتھ منز گُرِس کھسِتھ اکہٕ
زِ یچھ ہالہ بور سیتی بربس
ٹھلہٕ چھیٚ گٕلہٕ پوان)۔

پون۱۔ ن۔ ہؤل۔ پون < پراکرت:
پنہٕ تا گنہٕ بہ شتنک طور طرز۔
کانسہٕ یُس ہیوہ ورتاو۔

م، دابہ پون۔ دلیہ پون۔

پون۲۔ ن۔ ہؤل۔ پون < س: اَپانہٕ۔
ناپیند۔ جسمک سہ اَنگ
یہ پآری بوڈ اِدرار، ماداں
کران چھ۔

پونہٕ، پانہٕ۔ م۔ ہؤل۔ پون < س: پٕڈ+
وٕرنہٕ۔ اَکھن کھورن ہٕنہٕ
پھراٹھ۔ اَکھن کھورن بیمہ ژمہ
ہنہٕ پھٹنہٕ سیتی گٔنڈھان چھیٚ۔

پونہٕ پھٹنہٕ۔ پانن آب نیرُن۔ پانن چارکنہٕ
سیتی اَندٕ یُم مادٕ ہبر نیرُن۔

پونہٕ گنڈھنہٕ۔ اَکھن کھورن پھراٹھ گنڈھنہٕ۔
اکھہٕ کھور پھٹنہٕ۔

پونز۔ ن۔ ہؤل۔ پانز < س: پانیٖہ۔
آب، نرٕ، سہ ماد یُس
کٕنہ بیرِ ین، کولی، سرن تہ
تلاوَن بیتر منز آسان چھ۔

پان اٹھ۔ پکہٕ ڈیسِتھ آمت سٹھا آب۔
آبہٕ شیلاب۔

پان بٕٹھ۔ (وَرگہ پاٹھی) یُس یتھ پاٹھی
آبس منز سے روزان آسہٕ۔
ہانز۔ ناوِ منز روزن دول۔

پان بوٚر۔ سہ بوٚر یا گوڈ یپآری آبس
وَکھتہ بیہ دِنہٕ یسہٕ باپتھ زٕ ومت
بوٚر یپآری آب آسہٕ پوان۔

پان پَرٕد (گزٕ ھٕشِن) ۔ آبہٕ ہوٗا بدنی کِنی
سیرام گزٕ ھٕشِن ۔ میانِ ڈُلن ۔

پان پھٹوٗر ۔ ہوٗ کھٹمت گُل یُتھ سنگ
دِنہٕ سٕتی بیٚنہٕ زٕو آسہِ
پھیوٗرمٕت ۔

پان پھیوٗر ۔ ۱۔ پان قطرٕ ۔ آبہٕ قطرٕ ۔
۲۔ (ورگہٕ پانٹھی) زاشُر ۔

پان تنٕر کٕٹھ ۔ وُزملہِ سٕتی یوسہٕ پان
ٹُبسرٕ ہوان چھے ۔ رُکھ تٕرکٕٹھ ۔
آبہٕ تٕرکٕٹھ ۔

پان چھوٗل ۔ سو آبہٕ دِرگٕنی یوسہ تھٕزرِ
بیٚٹھ وسان آسہِ ۔ م،
دزاوکٕٹھ کوٗشش گژھِ زٕ پان چھوٗلو!
(بٕڑہ کاشش رام) ۔

پان دکہٕ ۔ آبک زورٕ ۔ آبک زورہٕ پان
وُسُن ۔

پان دگ ۔ ۱۔ آبک گُنہٕ بیٚٹھ زور پیوٗن ۔
۲۔ آبہٕ دِرگٕنی ۔ مُ ۔ وُج دگ ۔

پان ڈوٗگ ۔ ٹیٚنڈس دزاسُت
تبوٗل ۔ ٹیٚنڈِس بیٚٹھ
کھٕژمژ بٕنہٕ ۔

پان رِکھ ۔ ۱۔ آبہٕ رِکھ ۔ زاگوج پان دار ۔
لوکُٹ جوے ۔ ۲۔ ریکھ
ہندی پانٹھی آبک نشانہٕ ۔

پان زال ۔ آکِہ ہمارہِ ہُشدناو یٚمہٕ سٕتی

ساری پیٚٹھہٕ پانس نکی نکی بٕھچھر ینیران
چھہ ۔ وانتی ۔

پان ژادر ۔ آبشار ۔

پان ژال ۔ ۱۔ ڈیہرِکھ مٕنٛز اکھ رٕژمٕت
آب ۔ ۲۔ تیوٗت آب یوٗت ڈیہرِکھ
مٕنٛز اکھ واتہِ ۔ وُچھو "پنژال" تہٕ

پان ژھَل ۔ آبہٕ یٚیشِر ۔ یُس گژھٕہ پانہٕ سٕتی
پکان آسہِ ۔

پان سَرُکھ ۔ اکھ زاوج سرپھ ذاکھ
یوسہٕ پانس منٛز آسان چھے ۔
آبہٕ سَرُکھ ۔

پان سار ۔ اکِہ جایہٕ بیٚٹھ بیٚیس جایہ لاکو لاکو
آب نیٚن ۔ آبہٕ سار ۔

پان شیٖن ۔ آبہٕ شیٖن ۔ سہ شیٖن یتھ آبک
حصہٕ زیادٕ آسہِ ۔ تمہٕ شیٖنہٕ تھوٗسی
یم ہیوٗ کٕنی دیکلان چھہ ۔

پان فٕنوٗے ۔ (ل۔م) کھوٕرہ چھلنی ۔
اٚڈی کشیرِ تہٕ آبہٕ سٕتی کھوٕرہ چھلنی ۔
ویرہِ پَن تنٛرا دِتھ ترٕنہٕ پانہٕ سٕتی
کھوٕرہ چھلنی ۔

پان کسی ۔ تم لوکھ یم گُنہٕ کولہٕ ہندِس
اندٕس بیٚٹھ بسان آسن ۔
ہندِس زٕمینس پٕشبَن وانہٕ سٕتی
سنگ بیٚنہٕ آسہِ داتان ۔

پان گرٕہ ۔ آبہٕ گرٕہ ۔ یٚتھ دِتھ آبہٕ حوض، یٚمہِ

بیٹھ آب نلکو زٕرٕکی بہ بٲگرٕ نہٕ بیہہ۔

پاں گوژھ۔ اکِہ تسیچ ہٲ ٹنگنی یتھ مَنز
پوٚز آسان چھُ۔

پاں گٔرٹٕھ۔ ۱۔ آبہ گٔرٹھ، تُس گٔرٹھ آبکہ زورہ
پکہ۔ ۲۔ گرٹھ پھرناونہٕ یا یتھ
یوٚتا آب بکار آسہ۔ آبک
اکھ مِیٹر۔

پاں گژاے۔ ۱۔ (دانہ ووکس مَنز) ژورو
نیشدٕ مَنزٕ گوڈ نیچ نیشد۔ ۲۔
ٹلوس بیتر پاں چھو کھ۔ یانہٕ عسنی
چھو کھ گڈُن۔ ۳۔ پاٚنس یوہ سہ
گژاے لگہ۔ زیر بیتر لگنہٕ عسنی
آب اور یور کڈُن۔ گتہٕ عسنی
تُس آب مُنجِس کُن کھسہِ نہٕ عسنی
واپس وسہ۔

پاں گٔرو کھ۔ تیوٚت پوٚز یوٚت اکِہ پھرِ
ننگلِتھ ہیکہ نہٕ۔

پاں مو کھتہٕ۔ نقلی سوہ کھتہٕ۔ سوہ کھنس
ہیٚوہ نگہ اصل نہٕ۔ بھوتہٕ۔

پاں نیٚڑ۔ پوٚز سارن وول۔ تُس لوٚکُن آب
سارِتھ گُذار کرہ۔

پاں نیٚل۔ یتھ پوٚز آسہِ آمُت۔ یتھ آب
آسہِ عسنی (خاصکر تھ کتہ کھنہٕ
چیزس بیٚز)۔ آبہٕ کُٹ۔

پاں دا۔ ناوِ اندر سوہ جاے بیٚنتھ
سٕر یوٚ نیوٚمُت آب جمع چھُ
سسپدان۔ وُچھو "پانوٗ" تہٕ۔

پاں پچھ، پاں یوٚچھ۔ آژٲری۔
سہ بُس (بٮ۪ٹہٕ رسمہ موٚجوٗب)
ڈٖہہِ دوٚہ صبحنس یار بلس بیٚتھ
سوسہ سندی ناوی دیتمُت
دان تہٕ ٹلو رٹہٕ۔

پوٚز کاٹنز۔ زنانن ہُند دوہ ڈ چھلنک
سامانہٕ تہٕ ڈٖیتھ گوٚ زامُت دوہ دہ
تیل تہٕ آب بیتر۔

پوٚز کاٹنز لدُن۔ زنانن ہُند کلہٕ چھلُن
تہٕ شرٕان صفٲیی کرٕنی۔

پوٚز لدُن۔ زنانن ہُند کلہٕ چھلُن۔
آب لدُن۔

پوٚز یُن۔ ۱۔ پوٚز وُزُن ہیوٚن۔ ۲،
ژھیکس ہیوٚتُن پوٚز یُن۔ ۲۔
آب کھسُن۔ آبس مربہ سپدُن۔
۴، ڈری یاوس ہیوٚتُن بیٚنہ ہَن
یوٚز یُن۔ (۱،۲،۳ اسٕکس) آب یُن۔

پوٚشبر۔ م۔ موٗل۔ پوٚشبر < ف: پَنبہ
+ک: اِر۔ پشمینہٕ فَرد۔
خاصکرِ تھ یتھ کنارہٕ تہٕ گُلس کام
آسہِ کرِتھ۔

پوٚشبرِ دیار۔ تنمہ ہار بہمہ کوٚرہ ہول کھاندرس
بیٹھ کوٚرِ ہُندِس مامہ ہیٚبرس

پوشہر بدل دِوان چھُ۔

**پوشہر مدٕن۔** (ہ زلہٕ) یُس پوشہر ڈٲلِتھ کُنہِ آسہِ نہٕ وہراں۔ سُہ یُس پوشہر ڈٲلِتھ زہنگان آسہِ۔

**پوشہر، پاشہر۔** ن۔ مؤل۔ پوشہر < س: پدمہ پوٗرٕ یا کشیر ہشر اکھ سرے۔ بیٚلیٚک کوٗنگ مشہور چھُ۔

**پوشہرٕ۔** ن۔ مؤل۔ پوشہر < ؟ پرہ نہ+ پتنگ۔ اکھ وُپھون کیوٚم یُس زاعگس، شمہس بینز أندی أندی نزان چھُ۔

**پوشہرِ ڈگنتھ (کرہٕ تی)۔** ۱۔ پوشہری سُند زاعگس، شمہس أندی أندی پھیرتھ ڈزتھ بیوٚن۔ ۲۔ (دورکہ پاٹھی) سخ ماے آسنہٕ کنہ کانسہ پھیپہ لگُن۔

**پونٹکھ۔** بیرٕ ٹکرٕ۔

**پونٹل۔** مؤل۔ پونٹل < س: ؟ پُٹلؔ۔ بیوقوف، ٹھکی (گومُت)۔ نہ لکہ یارٕ، خجل۔

**پونٹل کرٕن۔** کُنہ لائق نہٕ تھوٗن۔ بیوقوف بناوٗن۔ ٹھکی کرٕن۔ خجل کرٕن۔

**پونٹل گژھن۔** بیوقوف بنُن۔ یرٕ بیٹھن۔ خجل گژھن۔

**پونٛد۔** ن۔ مؤل۔ پونٛد < ؟ م ہندی:

اردو: پیندا۔ آسامی: پیندا = ک: پونٛدا (لینکہِ پاٹھی) زنانہِ ہٕشر سٹر چہٕ جایہ نونان۔

**پونٛڈ۔** ن۔ مؤل۔ پونٛڈ < انگ: پونٛڈ (POUND)۔ ۱۔ ولایتی سوہر سونہٕ سُند پونٛڈ۔ ۲۔ اٮ۪نٛگلِش سِکہٕ۔ اکہ سِنگ ناو یُس رو پیہٕ ہُند سُتراعِ ہیٚم حِصہٕ مانہٕ یوان اوس (یہ چھِنہٕ وون تی پکان)۔ ۲۔ لگ بگ اڈ سیر۔ اکھ انگرٮ۪زی پرمانہٕ۔

**پونٛڈ مال۔** م، ن۔ پونٛڈ مال < انگ: پونٛڈ + س: مالا سوہرن بناوِتھ مال۔ یہ چھُ اکھ زیور۔

پونٛسہٕ۔ وُچھو "پانٛسہٕ"

**پونٛکھر (پوٚنٛکھر)۔** ن۔ مؤل۔ پونٛکھر < س: ؟ پکشہ + ک: ار؟ ژٕ کچھ پوشہر

**پونٛکھر پھیرٕن۔** سُتراٮ۪نس منز کانٛسہِ کُن نظر کرٕتھ بہُن۔ یِل دِتھ ہیوٚر کُن بُتھ کرِتھ بہُن۔

**پونٛکھر دِیُن۔** ۱۔ ژہ کہجہ سِتنہِ پکن (ژہ ژٕنگس بیترٕ سُند)۔ لِتھ کھوٗ کھرٕ پکُن۔ ۲۔ بیتھ تیتھ کام بیترٕ پکناوٕنی۔ وارٕ وارٕ کینٛہہ کرٕن (پیٚلہِ جھتھ وارٕ یاہ

(مُشکل آسن کَہ)

پونگہِ ۔ ن ۔ سوٗل ۔ پوٗنگ ۔
< مُ ، ہ : پوٗنل ۔ ۱۔ لوکٹ نور ۔
۲۔ (ہزلہِ یا کھٹی) کمبوٗ نِسٹن وَنان ۔

پووٗ ۱ ۔ ن ۔ سوٗل ۔ پاو < س : پادَ ۔
۱۔ ہیر کھسنہٕ یا وٗسنہٕ باپتھ کھور
کھوٗ یِچ جاے ۔ یار ٹُلک سام ۔
زینہٕ ۔ ۲۔ (وَرگہٕ یا گٹی) دَرجہِ ۔
م ، پاوِ پاوِ ووت سہ کتہِ کور ۔

پاوِ پاوِ واٗلُن ۔ ۱۔ ہیرِ پیٹھہٕ پاوِ بَتہِ
پاوِ واٗلِتھ بوٗن وا تناوُن ۔
۲۔ واہِ واہِ کُہرِ تھ ژھنُن ۔ م ،
تِمو دول پاوِ پاوِ پَنہٕ نے گرِ ۔
۳۔ واہِ واہِ کاٗنسہِ تنزول اَنُن ۔
واہِ واہِ کاٗنسہِ جوش کم کرُن ۔
حوصلہِ چھٹراوُن ۔

پاوِ کھسُن ۔ کھَزس کھسُن ۔ ہیٚور کھسُن ۔
اکِس ہیٚیس پیٹھ کُن کھسُن ۔

پاوِ وَسُن ۔ ہیٚرِ پیٹھہٕ بوٗن وَسُن ۔ کھَزِ
جایہِ پیٹھہٕ روزُن ۔ (درگہ)
بجایہِ روزُن ۔ گرُن ۔ تنزول گژھُن ۔

پاوِ واٗلُن ۔ کانٛہہ کھَزِ پیٹھہٕ بوٗن واٗلُن ۔
کانٛہہ کُنہِ کھَزِ جایہِ پیٹھہٕ گراوُن ۔

پاٗوٕ ۔ "پووٗ" لفظُک جمع ۔

پاٗوٕ ہیر ۔ دوٕ کھَزِ ہیر ، سو ہیر یُس
اوپر یور ڈالنہٕ تہِ ییہِ ۔

پووٗ ۲ ۔ ن ۔ سوٗل ۔ پاو ۔ ۱۔ وول یُتھ منز
کیٛنہہ بَنٛد ییہِ تھَوُنہٕ یا کیٛنہہ
تارنہٕ ییہِ ۔ یا اٗنگل یا تَرمادِ
بَنٛد تھَوُنہٕ باپتھ شیٖشہِ دکوو ۔
۲۔ ہِشر ہُنٛد ہُنٛد وول ۔

پووٗ ۳ ۔ ن ۔ سوٗل ۔ پاو < س : مِ پاٗنزَ ۔
سہ باہُ یُتھ منز کیٛنہہ تُم کھارنہٕ
باپتھ تراوان گژھان چھِ ، م ،
کاٗنز پوو ۔

پووَل ۔ م ۔ سوٗل ۔ پووَل < ہندی اردو :
پادلی [ژوٗنی] ۔ ژوٗن آنَن ہُنٛد
سِکہٕ ۔ رو ییہِ ہُنٛد ژوٗری مہ
چھَنک سِکہٕ ۔

پووچہِ ۔ م ۔ سوٗل ۔ پووچ < س :
پارشوکہ یا ف : پاپچہ ۔ ۱۔
کرکانہِ (دگہ برسن) ۔ ۲۔
لُنگ ، پاچہ بیٚترِ ۔

پووچہ گَڈنہٕ ۔ اٗڈی چہ چھٹرادنہٕ ۔
مار دِتھ کرکانہِ چھٹرادنہٕ ۔
سَخ لایُن ۔

پوہ ۔ (پوہ ہ) ۔ ن ۔ سوٗل ۔ پوہ < س :
پوشہٕ ۔ ۱۔ اکھ رِشتُک ناو ۔
دِپسی ڈیٛیشم رشتھ ۔ ۲۔ شہ

پڑٕگ یُس مالنٕ کورِ ہشدِ گوڈنکہِ
بیپنٕ تَشُند وآرِو سوزان چھہِ۔
۳۔ نوٚمل تیوٚر بینٕزِ یُس کھانٛدرَس
کھوٚندرَس بیٹھ وَرتاوِ کرِنہِ مٲشنزی
رآژ دوہ انان چھہِ۔

پٕھٕی پَن ۔ ۱۔ پوٚہَس مَنٛز پٕھٕرَس بیٹھ سَمیٛوُمت
شہ سیٹھا پَن یُس گلِیو بیٹھہٕ
پیٚوٚمُت چھُ آسان۔ سہٕ کانٛہہ
چیزٕ بینٕزِ یُس پٕھٕی پَیِکی پآگھٹی
ہُرِتھ آسہِ پیٚوٚمُت ۔ ۲۔ پٕھٕی
زژَ نڈُک پَن۔

پُھٕن واو ۔ پوٚہ کِس رٕہتَس مَنٛز ژھھٹہ۔
یہِ چھِیٚ سَخ سَرٕد آسان، خاصکرٕ تِھ
تِمَن تِہرَن کِنہ خطرناک یِم
نیٚتنٕ ہیتی آسَن۔

پٕھٕی ۔ پوٚہَس مَنٛز۔ پٕھٕنس رٕہتَس مَنٛز۔
پوٚہٕ وٚنٕل (دٕوٚنرٕ) ۔ سوٚ وٚنٕل یا
زژَانڈ یوٚسہٕ پوٚہَس مَنٛز نیٚس
آسان چھِیٚ۔

پوٚہہٕ بوگ ۔ تِم چیزٕ بینٕزِ یِم پوٚہ پڑٕگس
بیٹھ کورِ تَشُند وآرِ و سوزان
چھہِ۔

پوٚہہٕ پھَل ۔ شہ نوٚمل یا بیٚیہ کانٛہہ جِنس
یُس کورِ مآلِس یا گوٚبرِ مآرِس
کَس کوٚسے بینٕزِ مٲشنزی رآژ

گیٚیت اَنان چھہِ۔

پوٚہہٕ کَٹھ ۔ شہ کَٹھ یُس پوٚہَس بیٹھ
اَننٕ چھُ یِوان۔

پوٚہہٕ گِگرہ ۔ پوٚہ کِس رٕہتَس مَنٛز گٹھ گٕشرِ
سَتی لوٚگمُت کوٚر۔

پوٚہہٕ گَٹٕ ۔ پٕھٕہ ترٕ رٕ ہیٚچ اَنہٕ گَٹٕ، پوٚہَس
مَنٛز چھِیٚ رآژ سیٹھا زٕ یچھہِ
آسان تِہ دوہَس تہِ چھِیٚ دٕہی
ژھنیٚتَے ہِشی گَنٕدھان۔

پوٚہہٕ گاڈٕ ۔ سوٚ گاڈٕلی یوٚسہٕ پوٚہہٕ
گَٹٕ پَچھ بوٚہوارِ یا بیٚٹھٕ وارِ
پاسکھی دَریاگرِ دِوتارِ ژٕزوَنہٕ
باپَتھ دِنہٕ چھِیٚ یِوان۔

پوٚہہٕ شَنٛتھ ۔ سوٚ مَوٚن یوٚسہٕ پوٚہَس
مَنٛز تِہرَن ہینٛہ بیٛزِ۔

## پوٚ

پوٚ پےٚ ۔ م۔ سٕوٚل۔ پوٚ پےٚ < پ۔
اَکھ گَشٕڈی زژَ نڈ یَتھ کھیوٚن
لایق اَکرٕ قسمُک میوٚ نیران چھُ۔

پوٚ کھ ۔ م۔ سٕوٚل۔ پوٚ کھ < پڑاکرِت:
پُپھی] ۔ مٲلی سٕنٛز بیٚنٕز۔

پوٚ کھٕ چٲلے ۔ چٲلے دِنک اَکھ
رَسِم۔ یہِ چھِیٚ پوٚ کھ بابتھٕرَن

ہِنٛز سیکھلِ بیٚہِتھ مسالہٕ بیٚٹَین تہٕ
اٲبِد نتہٕ اوٚن والیٚن چاوان۔

**پوٚپھٕو۔** پوٚپھہِ ہُنٛد رُوٚن۔ مٲلۍ ہِنٛزِ
بیٚنہِ ہُنٛد خانہٕدار۔

**پوٚپھتٕرِ بٲے کاکنۍ۔** پوٚپھتٕرِس
بٲے سٕنٛز آشنۍ۔

**پوٚپھتٕرِ بیٚنہِ۔** پوٚپھہِ ہِنٛز کوٗر۔

**پوٚپھتٕر زام۔** ژٕنۍ سٕنٛز پوٚپھتٕر بیٚنہِ۔

**پوٚپھتٕر بوٚے۔** پوٚپھہِ ہُنٛد
نیٚچُو۔

**پوٚپھتٕرزٲمنہِ۔** ژٕنۍ سٕنٛزِ پوٚپھتٕرِ
بیٚنہِ ہُنٛد رُوٚن۔ ژٕنۍ سُنٛد
پوٚپھتٕر بیمہٕ۔

**پوٚتج۔** م۔ ہٕوٚل۔ پوٚتج < س: پُتّلہٕ۔
پوٚتُل لفظُک مادٕ۔ ۱۔ پوٚتُٹ
پوٚتُل یا بُت۔ ۲۔ شُریٚن
ہِنٛز اچھِ دار۔ ۳۔ لٲرۍ جِہٕ۔
باجرِ پھوٗل۔

**پوٚتُل۔** ن۔ ہٕوٚل۔ پوٚتُل < س: پُتّلہٕ۔
ٹھوکُر۔ پوٚنا کرٕ نیٚچ موٗرکھ۔
کٔنِو موٗرکھ۔ (وارگہٕ پاٹھۍ)
ہوشمٕند ہیوٚہ اِنسان۔

**پوٚٹاس۔** ن۔ ہٕوٚل۔ پوٚٹاس < آواز بیٚہِتھ۔
ژَنٛجِہ ہِنٛز آواز۔ ٹھپ،
شٕنٛرکھ۔ ٹاس بنٕنیٚچ آواز۔

**پوٚٹاچ، پوٚٹاج۔** م۔ ہٕوٚل۔ پوٚٹاچ < س:
پَیٹھہٕ [ بآر شکلِ پیچہِ ٹکرٕ۔
نقشہٕ دار پیچہِ چھکل بیٚیمہِ سٕنٛز
بور سوٗنراوتہٕ چھُ پوان۔

**پوٚٹاسی۔** م۔ ہٕوٚل۔ پوٚٹاس < س: پٹکا۔
چھانہٕ سٕنٛز توٗرٕز یتھ پیٚٹھ
کھوٗل چھُ آسان۔

**پوٚٹہٕر۔** م۔ ہٕوٚل۔ پوٚٹر < س: پوٹہٕ +
ک: ار۔ گُہِ نارِیُک بوٗنیٚم حصہٕ۔

**پوٚکٹھ۔** م۔ ہٕوٚل۔ پوٚکٹھ < س: پوٹریا
پوٚتہٕ۔ (ٹرٕنرٕ)] گُہِ نور۔ ریکہٕ نور۔

**پوٚجرٕ۔** ن۔ ہٕوٚل۔ پوٚجرٕ < پڑاکرِت:
پولَہٕ + ک: ارٕ، یا س: پلیسہٕ۔
پلیتہٕ [ تہٕ لگہٕ ہار آسُن۔ گُنہٕ
کارُک نہٕ آسُن۔ گوٗمُت تہٕ
گُذرِتھ مُت آسُن۔ ژھوٗرُے
تہٕ کھوٚکھرٕ آسُن۔

**پوٚختہٕ۔** ہٕوٚل۔ پوٚخت < ف: پُختہٕ۔
۱۔ پوٚرٕ۔ برابر۔ ۲۔ پوٚبہٕ مُت
پیٚیہٕ ہرٕ۔ م، یہٕ چھےٚ پوٚختہٕ سیر۔
۳۔ پیٚتیومُت، خام نہٕ۔ م،
پوٚختہٕ ہیوے یا ٹۍ ہیٚنہٕ ہس۔
۴۔ ہیٚشہٕ پوٚرٕ۔ وزنس برابر۔
خام نہٕ۔ وٹہٕ۔ م، پوٚختہٕ سیر۔
پوٚختہٕ روپے۔ ۵۔ زانہٕ وٗن۔

تہٕ لنگ ہُشیار ۔ ۶ ۔ دوٗر ۔
مُحکم ۔ یٮ۪تھ نہٕ پرواے گژھہِ ۔
۷ ۔ پایے دار ۔ پوٚک ۔ پوٚشوُن ۔
۳ ، بوٚختہٕ رٕنگ ۔

**بوٚختاوُن** ۔ ۱ ۔ پوٚک کرُن ۔ ۲ ۔ کُنہ
پیچ کرٕنۍ ۔ ۳ ۔ دمہٕ کڈُن ۔ ۴ ۔
کُنہِ بیٚیہِ آمادٕ کرُن ۔ لیبہٕ انُن ۔

**بوٚختہٕ روٚہ پیے** ۔ ڈبل روٚہ پیے ۔

**بوٚختہٕ کرُن** ۔ پوٚک کرُن ۔ کاشہٕ کُسرَ
نہٕ تھوٚونۍ ۔ تیتھ کرُن یُتھ نہٕ
آب اتھٕ ۔

**بوٚختہٕ کار** ۔ ۱ ۔ کارٕ گر ۔ ہوٗنرمَنٛد ۔
یَس کام تکان آسہِ ۔ ۲ ۔ جبہٕ ۔
ہُشیار ۔

**بوٚختہٕ مغز** ۔ ہُشیار ۔ عاقل ۔ کاٹل ۔
کنٛنہِ واٰتھ ، واقف ۔

**بوٚختُن** ۔ پٔچُن ۔ پوٚپ پَٔچُن ۔ خام نہٕ
روزُن ۔ چالاکھ بَنُن ۔
ہُشیار بنُن ۔ وُچھو "بوٚختہٕ" تہٕ ۔

**بوٚراٹھ** ۔ م ۔ سۄل ۔ بوٚراٹ < س :
بِرا + ستھ یا بِرٕ + روٹھٕ ]
گنٛوس بیٚیہ بنٲوٕ مژ ورقِ دار
ژوٚرٹھ ۔

**بوٚران** ۔ ن ۔ سۄل ۔ بوٚران < س :
پُرانہٕ ] تمہٕ شاستٕری کتاب
یِمَن منٛتر پرانَن دیوی دیوتاہَن ،
رازَن تہٕ ویرَن ہُندِ حال تہٕ
کتھہٕ بیترِ درٕج چھیے ۔

**بوٚران پھیرٕنۍ** ۔ (کورِ گہٕ پاٹھۍ) زیوٗٹھ
زاپٕٹھ کوٚتُن ۔ رٲدَن بیٚیہ راد
کرٕنۍ ۔ زیٹھٕ آوٕی زیٹھٕ آوی
کتھہِ ونٛنۍ ۔

**بوٚرُش** ۔ ن ۔ سۄل ۔ بوٚرُش < س : پُرُش ۔
۱ ۔ مَرد ، سوٚہنٛیو ۔ ۲ ۔ روٗح ۔

**بوٚرشہٕ کار** ۔ مردی ہُنٛز کام ۔ بوٚہدوری
ہُنٛز کام ۔

**بوٚرشارتھ** ۔ ن ۔ سۄل ۔ بوٚرشاتھ < س :
پُرشارتھ ] دُو یوٚگ ۔
دوٚہ تہٕ ژھانٛٹھ ۔ یٔتِن ۔ کوشش ۔

**بوٚژھر** ۔ م ۔ سۄل ۔ بوٚژھر < س : پیچ چھ
+ ک : ہار ۔ ۱ ۔ ژٕکِھ بیٚیٹھ ٹٕس
نام سُہ حِصہٕ یُس گاوٕ گۍ بیٚیہ
گلناوان چھُ ۔ ۲ ۔ (کورِ گہٕ پاٹھۍ)
سُہ زنانہٕ یُس سہٕ ژٕکھ گلہٕ وان
یکان آسہِ ۔

**بوٚژھہٕ لوو** ۔ ن ۔ سۄل ۔ بوٚژھلاو < س :
پیچھ + لوبا گہٕ ۔ ه : لوو ا ۔
۱ ۔ شایَس یا ہوٚنس یوٚہ اکھ
لوکُٹ ڈٕرِ ندِ یَس اُنٛٹھِس زیٚچھر
نہٕ گژٕ وال آسان چھُ ۔

۲- (دارگہ یا کٹھی) پیتہٕ پیتہٕ پکُن وول۔
سنٛنہٕ سینٛہ عٕ آسُن وول۔

پوژھُر۔ ن۔ مؤل۔ پوژھر < س: پنٛچ چھ
+ک: اُر۔ ۱۔ لکہٕ سان مٔشرٕ ج۔
نوٛٹ پتہٕ ٹٕس نِشِ سُہ حصہٕ
یُس گلہٕ ناونہٕ ییہ، ییتھ کنہٕ ڈُمبہ
کٹس آسان چھُ۔ ۲- پتہٕ کنہٕ
ہیر دٕراشت نتہٕ کھ۔

پوسُر۔ ن۔ مؤل۔ پوسر آگدائیک
سُہ حصہٕ یُس چلس منٛز بند
چھُ کھوٚنہٕ یوان۔

پوستک۔ م۔ مؤل۔ پوستک < س:
پُستکا۔ پوٚتھۍ۔ کتاب
(چھٔپتھ یا قلمی)۔

پوشاک۔ ن۔ مؤل۔ پوشاک < ف:
پوشاک]۔ ناٹی لاگنکی پلو بیترِ۔
پوشاک یا اُرٕن۔ جان یا کٹھی پلو لاگنۍ۔
پلو لاگِتھ پان سجاوُن۔

پوشکر، پوشکرہ۔ ن۔ مؤل۔ پوشکر
< س: پُشکرہ۔ ۱- اکھ بوٹہٕ
ذاتھ۔ ۲- اکھ جوآہرک ناو۔
اکہ قسمک لال۔ ۳- سری نگرٕ نِش
پچھم کنہٕ ہم میل دوٗر اکہ تیرتھک
ناو۔ ۴- ہندوستانس منٛز
اجمیرس نکھہ اکھ تیرتھک ناو۔

پوکھر۔ ۳- مؤل۔ پوکھر < س: پُشکرہ۔
ناگ۔ سنہ جاے ییتہٕ آب
وُزان آسہٕ۔

پوکھرِ یکل۔ ۱- پوکھرِ اندی یکھو جاے۔
۲- ہارہٕ برٕ بتنس نکھہ اکہ مشہور
ناگک، تہٕ تتھ اندی یکھو جایہ
ہُند ناو۔

پوکُھر۔ < پراکرت: پوکھرٕ۔ س: پوشکرہ۔
۱- وٕٹھکھ، کنکرک بیترِ
منٛز تُمہ ستہٕ یا منٛز تُمہ گول۔
۲- ٹُلس بیترِ اندی سگہ
یا پتھ بزووُٹھت رٔود۔ ۳-
کرہ تیزٕ ھٹیک سُہ حصہٕ ییمہ عہ ستی
نارٕ نٕلان چھ۔ ۴- لونہٕ ہُند پوتر۔

پوکُھرٕ ترٛاوُن۔ کرتیزہ ھس بیترِ پوکُھر
بدلاوُن یا نٔوِ پوکُھر ترٛاوُن۔

پوکھوٗر۔ ن۔ مؤل۔ پوکھر < س: پوشکرہ
پراکرت: پوکھرا]۔ ہنٛد وٕ ہُند
گُل، خرٕ بُزری گل، لار گل۔
آلہ گل، ہیمن ساری نے چھ
پوکھوٗر وَنان۔

پولاد۔ ن۔ مؤل۔ پولاد < ف: پولاد۔
فولاد۔ شُستر۔

پولادُ، پولادی۔ فولادی۔ شُسترٕ۔
(دارگہ) دوٗر، مضبوط،

م، پوٗلاوٗ دِل۔

**پوٗلاو ۔** ن۔ مۄل۔ پوٗلاو < س:
پُلاکہٕ ۔ف: پلاو یا پُلاو۔
گوٚژس بیٹھ زٚدٕ نمُت بَتہٕ
یَتھ مازتہٕ مسوٚ بیٚنہٕ عَستی تراوان
چھِ ۔

**پوٗلُر ۔** ن۔ مۄل۔ پوٗلر < پرٛاکرت:
پولہٕ + اُرُ۔ پوٗٹھ۔ یُس
خوٚش کرٕ وُن وُچھُن آسہٕ ۔

**پوٗلُن ۱ ۔** مۄل۔ پوٗل < پرٛاکرت:
پولہٕ + ک: اُن ۔ ۱۔ کمزور گژھُن۔
ڈیلُن۔ لیٚشُن۔ نرمُن۔ آن مانُن۔
۲۔ حوصلہٕ چھُٹُن۔ ہیمتھ تہٕ
روزٕ لبڑُن۔ ۳۔ موٗنڈُن۔
موٗنڈ گژھُن ( زیادٕ اِستیمال
کرنہٕ عستی کاشہٕ ہٕتھی بارٕ بیٚنہٕ) ۔

**پوٗلُن ۲ ۔** (دچار و آے شُند) پوٚکھُن۔

**پوٗنرٕ زٕ نم۔** دوٚیم زِرَم۔ دُبارٕ زنمس یُن۔
مرِتھ بیٚیہٕ زیوٚن۔

**پوٗنرٕ وٚس۔** ن۔ مۄل۔ پوٗنرٕ وٚس < س:
پُنرٕ وسو۔ اَکھ نیٚچھتر۔
ژندرٕ مُک سِتیٚم گرٕ (جوتشُک
لفظ)۔

(شوق تہٕ) **پوٗنہٕ سوٚن۔** ن۔ مۄل:
پوٗنہٕ سن < س: پُنسہٕ +
دُنَم یا پُنہٕ + سَنتہٕ ۔ سنسکرت
پُنیہ سنتہٕ ہُند لفظن ہُنز بگرٕ ن۔
(ال۔م) بیٚیہٕ تہٕ بیٚیہٕ آسی نے (آسی)۔
نہٕ ڈیٚھ گوٕ : گنڈھ ژ ٹیٚ بیٚیہٕ ہنے
بیٚیہٕ تہٕ بیٚیہٕ رُست رُت۔

**پوٗنہٕ سوٚن بَتہٕ ۔** پوٗنہٕ سوٚن کرٕ نہٕ ہٕ روٗنہٕ
یُس بَتہٕ سالہٕ بیٚنہٕ کھیاوٕ نہٕ چھے
یوان ۔ سوٚ شُدرٕ بَتہٕ ۔

**پوٗنیٚتھر۔** ن۔ مۄل۔ پوٗنیٚتھر < س: پُنیہٕ +
پرٛاکرت۔ نیٚترا و ۔ م ہندی
اُردو ناتا ۔ دوٚیم نیٚتھر۔ دوٚہ پٹھٕ ی
شُند یا دوٚہ رزٕ ہٕ شُند نیٚتھر۔

**پوٗنیٚنزی کار۔** دوٚہ ری شُشیٚر یا دوٚہ رزٕ ہٕ شُند
نیٚتھر۔

**پوٗنِ ۔** ن۔ مۄل۔ پوٗنِ < س: پُنیہٕ۔
۱۔ جان تہٕ رٕ ژٕ کامہٕ بیٚنہٕ۔ رٕ تہٕ پھلچہٕ
کامہٕ۔ ۲۔ ثواب۔

**پوٗنہٕ پھَل۔** رٕ ژَن کامن ہُند رُت نتیجہٕ۔

**پوٗنہٕ وان۔** یُس پوٗنِ کماوِ یا بیٚیہٕ پوٗنِ کموومُت
آسہٕ ۔ پوٗنہٕ سوو ۔ پوٗنہٕ سوٚست۔
ثواب گار۔

**پوٗنِ زیٚنُن۔** ثواب زیٚنُن۔ نیک کار کرُن۔

**پوٗنڈ۔** م۔ مۄل: پوٗنڈ < س: م پینڈ۔
گنیج کرٕ اٹھ یہٕ عستی یا انسٕ ز اندری
کنٕ ز رٕ پے ہٕش دوٚہ ننفہٕ سبہٕ

شاہ کھاٲرِتھ زورٕ نَسنہٕ کِنۍ آوازِ
سان ترٛاوُن۔

**پوٚنٛدٕ ناس۔** سوٚ ناس یٚمِہ کِنۍ پوٚنٛدَن
ییٚتھ پوٚنٛدٕ ییٚن، یہٕ ناس چھ کینٛہہ
لُکھ نزلہٕ یا کلہٕ دود ژٕلراونہٕ با پتھ
کَران۔ ہِتھ چھ ناس۔

**پوٚنٛدُن۔** پوٚنٛد ترٛاوٕنۍ، پوٚنٛدَن ییٚتھ
پوٚنٛدٕ ترٛاوٕنۍ۔

**پوٚہ۔** وُچھو "پوٚہ"۔

**پوٚہر۔** ن۔ مۆل۔ پوٚہر < س: پُرَ۔
وُچھو "پور"۔

**پوٚیہِ۔** م۔ مۆل۔ پوٚے < پ۔
توٚملہٕ ژھوٚ سٹھ نہٕ دُژرٕ۔ توٚمُل مُنٛنہ
پوٚسہٕ دُژرٕ نہٕ کوٚم بیتِر ینٛران چھےٚ۔

**پوٚیہِ کھیٚنہِ۔** (دَرگہٕ یا ٹھٹی) تِنٛھِ کِنۍ یا
تِتھِنٛہ پھَشُن یٚتہِ نہٕ کھہٕ تگہِ۔ کھنِٛ
نہٕ کٕرِ نَہ ہیٚکُن۔ اَفسوٗس ناگہ حالنہٕ
گژھٕ ہنۍ۔ لبٕڈُن۔ لبِر کھیٚنۍ۔

**پوٚیہِ کھیٚاوناوُن۔** (دَرگہٕ یا ٹھٹی) نباہ کرُن۔
پیٚہ کھیٚاوناوُن۔ پیٚکھ کھیٚاوناوُن
میٚترِ سٕتۍ بلناوُن۔



**پیٚشرٕ ڈار۔** (ہَرلہٕ کِنۍ) مہر مہ قدَم۔ بلہٕ مہ قدَم۔

ٲکہٕ اَد ٹِک اَکھ ہَزلی کرہ دارٕ ٹُیس
چارہِن نہٕ فاٹرَن ہُشد زٕنٛیٹھ
مانہٕ یوان چھُ۔ ہٕژوشہٕ کالہِ
ٲسی سوٚدرٕ کوٹھہٕ کس زٕ کھس
وَنان۔

**پیٚیژُن۔** ن۔ مۆل۔ پیٚیژ < س: زٕنٛج +
اَنیم [آ] زٕ سٹھُن۔ رَس بیترِ
نہٕ روزُن۔ پیٚیژ ہیوٚہ گژھُن۔
کھنَس لایق نہٕ روزُن۔

**پیٚشاب۔** ن۔ مۆل۔ پیٚشاب < ف:
پیشاب [ا] ہِشھر۔ زَل۔

**پیٚشِن۔** ن۔ مۆل۔ پیٚشِن < ف: پ
پیشین [ا] دُہک پھوے
ترٛیٚیم پہَر ہیوٚہ۔ ہَشدِین
ڈٕلِتھ ہیوٚہ۔

**پیٚشِن نِماز۔** م۔ مۆل۔ پیٚشِن نِماز۔
< ف: پیٚشینِ + نِماز۔
سوٚ نِماز یوٚسہٕ دُپہرَ ڈٕلِتھ
ہیوٚہ چھےٚ پَرنہٕ یِوان۔ نِمازِ ظہر۔

**پیٚنٛز۔** م۔ مۆل۔ پیٚنٛز < پ [ا] پیٚن
کرٕنک کھژ۔ سہ ژٕرُشش یا
کھژ یٚمِہ سٕتۍ ووٕری گیٚرس
بیترِ مایہِ دِوان چھِ۔



**پیپر-** ن- مؤل- پیپر < انگ: پیپر- (PAPER) - ۱- کاگد- ۲- اخبار- ۳- پرچہ- سوال پرچہ-

**پیٹہ-** ۱- ژادرِ ہنر بینی- ۲- برداشت- صبرکھ-

**پیٹھ ع۱** (پیٹہ) - آٹھ داہ کلو وزنہ مشادی آل-

**پیٹھ ع۲** (پیٹھا) - آلہ مٹھائے-

**پیچ، پیچھ-** ن- مؤل- پیچ < ف: پیچ- ۱- ور- چرخ- وگلتن- ۲- اکہ قسمک کِتل یس وردی دی بند کرنہ بوان چھ- ۳- بڈ منتر لاٹھ پھیرنی- ۴- پھیر- کھر- ۵- رشینہ ہند پُرزہ-

**پیچس منتریُن-** کُنہ دہ لابس منتر پھٹن- مشکلس منتر پھٹن-

**پیچ لد-** یس ٹھو نٹھ آسہ- یُس نہ کُنہ کنی آٹنی واٹنی بیہ- کھرلد- ورہ ہؤل-

**پیچ اُن-** ٹھونٹھ اٹنی- تھوس اٹنی-

**پیچ، پیچھ آسنی-** سیتھ آسنی- اُرسر آسنی- ژھر کھ آسنی- (ورگہ پاٹھی) کُنہ مطلبہ کنی کانسہ کام بنیز نہ کرنکی ژھر کھ-

**پیچ دیُن-** ور دیُن- چرخ دیُن- گنڈن- ۲- رُکاوٹھ پادٔ کرٕنی- دول دیُن-

**پیچ پیُن-** پھیر پیوٚن- رُکاوٹھ پادٔ گژھنی- مشکل تُھنہ یُن-

**پیچھ ہنی-** ۱- بڈ دود کرُن- لاٹھ پھیرنی- ۲- (ورگہ) اُرسر لگنی- کُنہ غرضہ کنی کانسہ کتھ یا کانسہ چیز بنیز دیُن کرُن وانٹہ نہ پھیرُن- کانسہ خاص کتھ کرنس نہ وہ نہ یُن-

**پیچر-** رنڈچ ششتر ئیٹ یوسہ تنگس چار چھپے رٹان-

**پیچان-** مؤل- پیچان < ف: پیچان- ولگنن دار- وردار- وٹھی وٹھی- کاٹکنہ چالہ- ہوٚل ہوٚل- م، زُلف پیچان- مارِ پیچان بنیز-

**پیچہ کتل-** ن- مؤل- پیچہ کلی < ف: پیچ + س کپلہ- اکھ وٹھی دار کتل یس وردتھ ہچہ بنیز منتر والنہ چھ بوان-

**پیچ تاب-** ن- مؤل- پیچ تاب < ف: پیچ تاب- اِضطراب- بے قراری- بے چینی- تشویش- پریشانی-

**پیچ دار-** ۱- وردار- یتھ ور آسن- وٹھنہ دار- وٹھی وٹھی-

وُلگنِن دار۔ ۲۔ کھُری دار۔ مُشکِل۔

**پیچ کَس** (پیچ کَش)۔ ن۔ سۄل۔ پیچ کَش < ف: پیچ + کَش = سَس؛ کَرَشس۔ پیچہٕ کَڈُن بینزِ کَسنک تہٕ مُتھرٲونک اَکھ اوزار۔

**پیڈَل**۔ نُ۔ سۄل۔ پیڈل < انگ: پیڈل۔ (PADDLE)۔ بٲسکلُک شہٕ حِصہٕ یَتھ پیٹھ چَلاوَن وِزِ کھور تھوان چھِ۔

**پیڈُن**۔ ن۔ سۄل۔ پیڈرس: پیڈنہٕ۔ ۱۔ زَم آسنہٕ کِنۍ بانس بینزِ واپہٕ واپہٕ نیٖرِتھ ژَلُن۔ سَرَوُن۔ پھیرِ پھیرِ نیٖرِتھ ژَلُن۔ پَشپُن۔ ۲۔ (دَرگٲہ یا کھٹی) (کنھ) نیٖرِتھ ژَلِنۍ۔ (سِر) نوٚن گژھُن۔ ظٲہِر سَپدُن۔

**پیٖر** (پیٖپر)۔ م۔ سۄل۔ پیٖر < پراکرت: پینڈ اد۔ سس: پنڈکہٕ۔ ژوٚٹ بناوَنہٕ یا یَتھ لوکُٹ آٹہٕ دہ گُل یا لوکُٹ آٹہٕ ژوٚٹ۔

**پیٖرہَر**۔ ن۔ سۄل۔ پیٖرہَر < س: پیوَرَ۔ پراکرت۔ پہوَیا۔ مانجھِرٕ، پشچار۔

**پیش**۔ سۄل۔ پیش < ف: پیش۔ ۱۔ اَکھ اعرٲبُک ناو (ُ) ۲۔ بُتھِ۔ برُٛونٹھہ کنہِ۔

**پیش پیش**۔ < ف: پیش + پیش۔ برُٛونٹھہ برُٛونٹھہ۔ سارِوۍ نِشہِ بُتھ کِنۍ برُٛونٹھہ۔

**پیش پیش آسُن**۔ برُٛونٹھہ برُٛونٹھہ آسُن۔ یَتھ رَوزُن۔ کُنہِ کنہِ بایَتھ تیار تہٕ تیار آسُن۔

**پیش سَپدُن**۔ برُٛونٹھہ کُن یِن۔ برُٛونٹھہ کُن واتُن۔ حاضِر سَپدُن۔

**پیش قَدمی کَرٕنۍ**۔ (جنگس منٛز فوجُک برُٛونٹھہ یِکُن)۔

**پیش کَرُن**۔ حاضِر کَرُن۔ برُٛونٹھہ کُن اَنُن۔

**پیشکَش**۔ آیہِ تَن۔ برُٛونٹھہ کنہِ۔ حاضِر۔

**پیشکَش آسُن**۔ کانہہ آیہِ تَن آسُن۔ برُٛونٹھہ کنہِ آسُن۔ حاضِر آسُن۔

**پیشکَش تھَوُن**۔ آیہِ تَن تھَوُن۔ برُٛونٹھہ کنہِ تھَوُن۔ حاضِر تھَوُن۔

**پیش یُن**۔ برُٛونٹھہ یِن۔ بُتھہ یِن۔ گُذرُن۔ سَپدُن۔ بَناوتھ یِن۔

**پیشَل**۔ م۔ سۄل۔ پیشَل < ف: پیشہ + ک: ال [؟]۔ تُکھرَل۔ وَرَل۔ رَنگ کَرَن واجِنۍ [؟] + پیشہٕ گماوَن واجِنۍ۔

**پیشانی**۔ م۔ سۄل۔ پیشان < ف: پیشانی۔ ڈیکہٕ۔

**پیشہِ ع۱** ۔ ن ۔ مۆل : پیش < ف : پیشہ ۔
۱۔ کأم ۔ کار ۔ رۆزی کمأوٕنک
ذٔرِیہ ۔ ۲۔ ( ورگہٕ پأٹھۍ)
زَنانہِ ہنٛز پانٛسہٕ کماوٕنہٕ باپتھ بدکأری ۔

**پیشس بہُن** ۔ پیشہِ کماوُن ۔ دیار کماوٕنہٕ
باپتھ زنانہٕ ہنٛز بدکأری کرٕنۍ ۔

**پیشہِ کماوُن، کمناوُن** ۔ پیشس بہُن ۔
گأنٛز کأم کرٕنۍ ۔ پیشہٕ کرُن ۔

**پیشہِ وَر** ۔ کأسِب ۔ کٲسب زانَن وول ۔
کأرِی گر ۔ کارٕ بارٕ وول ۔ تأجِر ۔

**پیشہِ ع۲** ۔ ن ۔ مۆل ۔ پیش < ف : پیش ۔
نألی لاگنہٕ کِہ پلۆک برٕونٛٹھِ کُنٛنِک
اَکھ طَرَف ۔ پِھٹس سُفا بُلُک
اَکِہ طَرفُک حِصہٕ ۔

**پیشگی** ۔ سَے یا برٕونٛٹھے دِیُتمُت کانٛہہ
رَقَم ۔

**پیشِنگوٗیی** ۔ م ۔ مۆل ۔ پیشِنگوٗیی < ف :
پیشنگوی ع برٕونٛہہ کُن بنَنٕوٕنۍ
کانٛہہ کتھ گوڈے وَنٕنۍ تھوٕنۍ ۔

**پیشتر** ۔ مۆل ۔ پیشتر < ف : پیش + تر ۔
برٕونٛہہ ، گوڈٕ ۔ کُنہِ کتھِ یا
کامہِ برٕونٛہہ ۔

**پیشکار** ۔ ن ۔ مۆل ۔ پیشکار < ف :
پیشکار ع بوڈ اَفسَر ۔ نِکہِ
یا ٹیک اَفسَر ۔ حأکِم ۔

**پیشکأری** ۔ حأکِمی ۔ اَفسٔری ۔

**پیشوا** ۔ ن ۔ مۆل ۔ پیشوا < ف : پیشوا ۔
برٕونٛہہ برٕونٛہہ نیرَن وول ۔ وتھِ
روزَن وول ۔ سَردار ۔ وَتہٕ
ہاوُک ۔ اِمام ۔

**پیشواز** ۔ ن ۔ مۆل ۔ پیشواز < ف : پیشواز ۔
کھُٹہٕ دار جامہٕ یُس اَکِہ وَقتہٕ
زنانہٕ آسہٕ لاگان ۔ پَتہٕ آسہٕ
حأفِزٕ تہٕ بچہِ گٹہٕ بیترِ لاگان ۔

**پیلو** ۔ دانہِ کِہ اِنہٕ مانہٕ اَکھ گاسہٕ ذائقہ ۔

**پین ع۱** ۔ مۆل ۔ پین < س : پین ۔
۱۔ مایہِ (پینٛس یا کپرس بینٛزِ) ۔
۲۔ اَکھ مسالہِ بیٹہِ عہ سِتی ہٕتھی یار
بینٛزِ ڈرِی چھِ گژھان ۔ ہٕتھی یارٕ تہٕ
تینٛز دار ۔

**پینٕوُن** ۔ پین کھارٕنۍ ۔ پین دِنۍ
(کپرس بینٛز) ۔

**پین دِنۍ** ۔ ۱۔ پینٛس یا کپرس بیترِ مایہ کرُن ۔
۲۔ ہٕتھی یارَن سٕہ مسالہٕ مٔتھُن
بیٹہِ عہ سِتی تِمَن دٕرِ ہر گژھان چھِ
تہٕ دار تینٛزان چھیٚے ۔ ۳۔ (سزا پأٹھۍ)
رَلو دمُت نوٗن ، مَرٕژ وانٛگن
تہٕ ہاے آسس بُرِ نتھ نقہٕ پ
دِین ۔ وُچھو پین ع۲ تہٕ ۔

**پین کڈٕنۍ** ۔ ۱۔ کپرس پینٛس بیترِ چھلنہٕ عہ سِتی

مایہ کڈُن -۲- کُنہِ ہُٹھی یارَس
دار کڈٕنی۔

پین کھاڑنی۔ ہُٹھی یارَس بیترِ سُہ
مسالہٕ مَتھُن یَیِمہِ سٕتی تَتھ
دَرِ ہِرِ سَپدِ نہٕ دار تیز۔

پین ہیٚنی۔ چھلنہٕ سٕتی مایہ مُلُن (کپرِس،
پٲنس بیترِ)۔

پین ع۲۔ ن۔ مۆل۔ پین < س: پِنڈ۔
۱۔ ہاے نَوَن تہٕ مَرٕژ وانگن
رلاوِتھ آکھ قسمُک پینٕد۔ یہِ
آسی سَزا دِنہٕ پُژھی کانٛسہِ
اَسَس بَران۔ ۲۔ ڈٲگتھ نُوہ
پینٕد یا گولہٕ یُس گیٚنٛن دِوان
چھہِ۔

## پھ

پھپاس۔ ن۔ مۆل۔ پھپاس < س: پیاسا۔
دۆدسہٕ۔ سَخ تریشہ (لگنی)۔
تریشہٕ وُہن۔ نوس۔

پھپاس کرُن۔ دۆدسہٕ گَنڈُن۔ سَخ
تریش لگنی۔ سَخ تریشہ گرٕنی۔
تریشہٕ وُہن دوٕ کھٔن۔

پھپاس گَنڈُن۔ سَخ تریش لگنی۔
دۆدسہٕ گَنڈُن۔ تریشہٕ
وُہن دِوہ کھٔن۔

پھپاس دِوہ کھٔن۔ سَخ تریش گرٕنی۔
تریشہٕ داد دۆدسہٕ کرُن۔
تریشہٕ وُہن دِوہ کھٔن۔

پھتا۔ [ن۔ مۆل۔ پھتا < س: پتا
< پھٹ کرِیا]۔ مول۔ بب۔

پھتہٕ پھسپھُر۔ ٹارِس بیٚچھری کنہ دِژا مُت
پھسپھر دانہٕ۔

پھتُر۔ ن۔ مۆل۔ پھتر < س: پتر۔
۱۔ مۆدی ہتی شُد روٗح۔
پھرِ تہٕ (خاصکر تہٕ پتنہِ گرِکِس
کانٛسہِ ہُنٛد)۔

پھترِ دۆہ۔ موٗرِدَس کرِ یِتھ بیترِ کرِنک
دۆہ۔ ییٚمہِ دۆہ موٗرِ ہِندِ
ناوی کینٛہہ کرُنہٕ ییٚہ۔

پھترِ شاکھ۔ مورِدَن ہُنٛد بدُعا
(ژِ یُس یُس نہٕ تہِنٛدِ ناوی
کینٛہہ کرِ)۔

پھترِ فاقہٕ۔ شراد فاقہٕ۔

پھترِ کانٛگرِ۔ گرِ کِن مۆتین ہُنٛد
فہرست۔ پھترن ہُنٛد کُلہ لادٕی
(شراد یِ تہٕ کرُنہٕ باپتھ)۔

پتھرُن، پھتراوُن۔ ن۔ مۆل۔ پھتر < س:
پتر، پترا یتے۔ ۱۔ رُچھن۔
پالُن، بڑراوُن۔ کلہ ناوُن۔

۲- ژالُن - بَرداشس کَرُن - دوہ کھ دود بێنٕز کلہٕ ناوُن - م، میوٚنُد پہٕتٕرُن - ۳- کانٛسہٕ ہشدِس کاہ بارس اَکھ دِیُن -

**پہٕتٕراوَن وول** - رٕچھَن ٹٕھرَن وول - یُس کانٛسہٕ ہشد یار ہێبہٕ - کێنٛہہٕ مَنٛزٕ ہێنٛہٕ وول - یُس کانٛسہٕ ہنٛز خاری تُلہٕ -

**پہٕتٕرُن پیوٚن** - ۱- (جێنٛژِ یا کٔٹھی) رٕچھُن پیوٚن - کلہٕ وُن پیوٚن - ۲- ژالُن پیوٚن - بَرداشس کَرُن پیوٚن (گُنٛنیگ بار) - ۳- کانٛسہٕ ہنٛز پُتھرِ ہنٛز کام اَنٛدِ واتناوٕنی پێنٛی - ۴- کُنہِ ناکارٕ کامہٕ ہشد کھل تُلُن پیوٚن - یاداشس تُلُن پیوٚن - بہ چھ دٕد ہو یا کٔٹھی وَنان - م، نێشنھ پێنٛہہٕ نِس پہٕتٕرُن -

**پہٕتٕرُن ژہٕھِن** - نیوٚل آسُن - اَنتزٕرُن گنٛتٕرُن پیوٚن - م، اَرمس ژہٕھِنُن مشوٕنے پہٕتٕرُن -

**پیٹرول** - ن - مؤل - پیٹرول > انگ: پیٹرول - (PETROL) - اَکہٕ قسمُک تیل یُس زمینہٕ تلہٕ نیران چھُ تہ یُس موٹرِ مشینہٕ بێنٛزٕ چلاوِنس لگان چھُ -

**پیٹرول پمپ** - سُہ جاے یێتہٕ گاڈٕین بێنٛزٕ پیٹرول بَران چھِ -

**پیٹھ** - مؤل - پیٹھ > س: پرِشٹھ - ۱- ہیوٚر - ۲- کُنہِ چیزٕس ہێرِی کنی - ۳- کھَسِتھ - سَوار - م، گُرِس پیٹھ - ۴- کُنہِ ساری ہِے وَقتس - م، راتس پیٹھ - ۆری یس پیٹھ - ۵- آیہ کَرہٕ ہنٛز جایہ - م، نِشانس پیٹھ - ۶- کُنہِ کامہٕ بێنٛزٕ یا پتھ تُقرٕر کورمُت - م، آب سارنس پیٹھ، بَرناونس پیٹھ - ۷- وِلہٕ، وِنہٕ، وَقتہٕ - م، پَننہٕ پێنٛنہٕ اَنوارِ پیٹھ، کھانٛدرس پیٹھ - ۸- طَرفہٕ - کنہٕ، م، شُبقس پیٹھ = بٕرٕوٚنٛہ کنہٕ - ۹- طَرفس کُن - م، دوہ نی دوٚنٛکھ ژہٕ دوٚر پیٹھ یا بہ گو دوٚر پیٹھ واتُن - ۱۰- جایہِ - اَنٛدرٕ - مَنٛزٕ - م، زیُن چھُ کانی پیٹھ -

**پیٹھی** - ۱- ہێری - ہێری کنی - ہێری مہٕ طَرفہٕ - ۲- ہُرِیکاہٕ -

**پیٹھی پیٹھی** - ۱- ہێری ہێری، بۄنی بۄنی نہٕ - ۲- زیادٕ سَنٛنہٕ وَرا آے - سَرسَری یا کٔٹھی - زادی جارَن گژھنہٕ رٕوٚسنے - وٕپٹھی بۄکھٹی یا کٔٹھی -

**پیٹھی پیوٚن** - زوراوری کرٕنۍ - کأنسہِ
ہٕشدِس حِصَس غضب کرُن -

**پیٹھی کِنۍ لگُن** - بلایہٕ لگُن - چھیٚپہٕ لگُن -

**پیٹھی مَنہٕ لگُن** - پیٹھی مَنہٕ بدل بلایہٕ لگُن -
کُٹھ کِنہٕ لگُن - وَندہٕ یُن - چھیٚپہٕ
لگُن -

**پیٹھی مَنُٹ گَژھُن** - پتہٕ پیٹھی
کینہہٕ کأنسہِ بنُن -

**پیٹھی وأنۍ** - ۱- پیٹھی یأنسہِ - طلبہٕ علاوٕ
پوٚنسہٕ ٹوٚنک، نہٕ دُیتھ گوکُنژھ
بیترِ - ۲- بہٕ یہٕ گُذشتہٕ آسہِ -
مُتفرقہٕ - م، پیٹھی وأنۍ کام -
پیٹھی وأنۍ آمدنی -

**پیٹھَم پیٹھ** - پیوٚٹھس پیٹھ - اَکھأکس
پیٹھ - تشنزٕ -

**پیٹھَن** - پیٹھہٕ - وُچھو "پیٹھ" تنہٕ -

**پیٹھے** - ۱- گوڈٕنتھ - شوٚروٗ یمیک منتز -
گوڈے - ۲- پُتھ ہینتھ - سستی -
م، پیٹھے موڈس مول - ۳- تِتھے -
تمی وِزِ - م، سُہ اوس شونگانِے
زِ پیٹھے آسَس نادس -

**پیٹھے بانہٕ** - گوڈٕ - گوڈگوڈے -

**پیٹھے بانک** - آرنک، گوڈنکِ
بونک (سشُر بیتر) -

**پیٹھ** - ۱- ہیٚرِ - ۲- کُنہِ جایہٕ شوٚروٗ کرِتھ -
کُنہ اَنٛدٕ - کانٛہہِ جایہِ پیٹھ کُن نیرِتھ -
۳- کُنہِ وِزِ شوٚروٗ کرِتھ - م، تُہنٛدٕ وارِ
پیٹھہٕ - ۴- کانٛہہ چیز بیتر وُچھنہٕ
یا کیتھہٕ بژوٚنہٕ کَنہِ تھوٚوتھ - م،
کِتابہٕ پیٹھہٕ پر، بیمہِ پیٹھہٕ کر
نَقل - ۵- پُتھ ہینتھ - پتہٕ
م- اَکھ کوٚر ہس جُرمانہٕ پیٹھہٕ دیتنہس
شلکھ -

**پیٹھ بوٚنہٕ** - ہیٚرِ تہٕ تلہٕ - ساری سے -
ہیٚرِ بوٚنہٕ -

**پیٹھ پیٹھ** - ۱- سرسری - سستہٕ دراے -
ویٹھی پوٹھی یا اَٹھی - زاوی جارَد
دراے - ۲- پیٹھی میس وارس -
م، پیٹھ پیٹھ تَھس -

**پیٹھ روزُن** - ۱- نِگرانی کرٕنۍ - ۲-
ووتلکنہٕ یہٕ دیُن - گلہٕ یہٕ تُلنہٕ دیُن -
دَباوس تَل تھوٚوُن -

**پیٹھ کِنہٕ، پیٹھ کَنہِ** - تھزرس، ہیٚرِمہِ
طرفہٕ - ہیوٚرکُن - کُنہِ چیزس
پیٹھی مہِ طرفہٕ - کُنہِ چیزس پیٹھ -
سَرِ تلہٕ، گوڈٕنیتھ، ساری نے
بژوٚنہٕ - م، اَمی رتو یُن حصہٕ
پیٹھ کِنہِ تُلتھ - شوٚروٗ ہس منتز -
گوڈٕنتھے - م، پیٹھ کنہِ لیکھی نقل
پتُن ناو -

دأنسہٕ ہٕشد ۔ تپتہٕ کالگ ۔
تپتہٕ وٕ فٹنگ ۔ ( تپتہٕ چیزن
بیزِ سیتی مُقابلہٕ کرِتھ بییٚچ
گنتھ چلان آسہٕ ۔

**تپٕژر ۔** وزنہٕ تلہٕ ہٕوٕت آسُن ۔ یہِ
چھ کُنہٕ وزنس یا مقدارس
کُن اِشارٕ کرِتھ وَنان ۔ یوٚتا
بیپٕژ ہنا ۔ بیپٕژ ہَن ۔

**تیٖر ع۱ ۔** مول ۔ تیٖر < دوس : تیر یِنچ ۔
کَٹھ تہٕ گبہٕ ۔ دُ چھو "تیوٗر" تہٕ ۔
تیٖر وور ۔ ژھپہٕ تہٕ رٕوس گنڈِتھ
کرِتھ سو گھلہٕ ڈلہٕ جاے
یتھ مَنز تیٖر تھوٗنہٕ یوان چھ
(خاصکر کٕتھ راتس) ۔

**تیٖرِ ۔** تیٖر ، کَٹھ ، ژھاوٕلی ،
گبہٕ ، دُمبہٕ بیترِ (واریاہ یِکہٕ دٲتھ) ۔
جب ۔

---

**تیٖری پیٚتھر ۔** مرگہٕ اَندرٕ سو جاے یتہٕ
رانکہٕ خاطرٕ پہٕلی تیٖر چھ تھوان ۔
**تیٖری رأچھ ۔** پوٚہوٗل ۔ گبہٕ رأچھ ۔ یُس
تیٖرن رأچھ آسہٕ روزان ۔
یَشد کار تیٖر رٕچھنہٕ آسہٕ ۔
**تیٖری روچھ ۔** یُس تیٖرن رأچھ روزِ ،
تیٖر رٕچھ کرِ ۔ پوٚہوٗل ۔
**تیٖری کھیٚچ ۔** لو گٹ پہن تیٖر کہ بوٚان ۔

لو گُٹ پہن جب ۔
**تیٖری کھیوٗل ۔** جب ۔ واریاہ کَٹھ ، گبہٕ ،
ژھاوٕلی ، ژھاوجہٕ بیترِ ۔
**تیٖری لوٗٹ ۔** ( ہرلہٕ سان) اَکھ نیوٗر ۔
(کَٹھ ۔ گب ، ژھاوٕل یا
ژھاوٕج بیترِ) یُس رٕڈ کھیلہٕ
مَنز یتھ کُن روٗدمت آسہٕ ۔
گُنڈُ نیوٗر ۔

**تیٖر راوٕنی ۔** (ل ۔ م) کَٹھ بیترِ راوٕنی ۔
(وارِگہٕ یا کٹھی) گوہ نَن گژھُن ،
بوولہٕ ہیوٗہ گژھُن ۔ (تمٲڑ ونی)
**تیٖر گٹنزٕرٕنی ۔** (ل ۔ م) تیٖرن شُمارٕ کرُن ۔
(وارِگہٕ یا کٹھی) رٕہنہٕ نہٕ ہٕنگُن ۔
بے ہُشگہٕ گژھُن ۔ پریشان
گژھُن ۔ یوٚزہٕ مَنزٕ نہٕ کینہٕ تہٕ
زَن یُن ( نہٕ کیا پزِ کرُن ) ۔

**تیٖر ع۲ ۔** ن ۔ مول ۔ تیٖر < ف : تیر ۔
کان ۔ نیزِ کی یا کٹھی پیوٚست
کرِتھ اَکھ ہتھیار یُس ہارٕ نجہٕ
سیتی دوٗر لایہٕ یوان چھُ ۔
(یہِ اوس یتھ کالہٕ اَکھ سیٹھا
اَہم تہٕ کارگر ہتھیار مانہٕ
یوان) ۔
**تیٖر تندٲز ۔** یُس کمانہٕ سیٹھ تیٖر کھٲرِتھ
ترٲوُن زانہٕ ۔ تیٖر لاین دول ۔

یَس تیٖر لایُن یِگرِ۔ وُچھِو "تیرِ اَنداز نَرِ"۔

**تیٖرِ دَگ۔** تیٖرُک وُڈو (کَمانہِ مَنٛز تیٖر نَنہ) ۔(کَمانہِ مَنٛز تیٖر نَنہ) تیٖرُک نِشانَس کُن یِکُن۔ تیٖرِ دَو۔

**تیٖرِ دَگ ہیوٗہ۔** تیٖرکی پاٹھۍ سیوٚد۔ سیٚدِ سیوٚد۔

**تیٖرِ نور۔** تَرکَش۔ یَتھ مَنٛز تیٖر تھَوان چھِ۔ وُچھِو "تیٖرِ کَش"، تَرِ۔

**تیٖر اَنداز۔** ۱۔ یُس تیٖرِ تراوُن زانان آسِ۔ یُس تیٖر لایِہ۔ تیٖر تراوَن وول۔ تیٖر چَلاوَن وول۔ ۲۔ نِشانہٕ باز۔ ۳۔ (دَرگہِ) ماشوٗق۔

**تیٖر تراوُن، لایُن، مارُن، لَگاوُن۔** ۱۔ کان لایُن۔ تیٖر چَلاوُن۔ تیٖر دِیُن۔ ۲۔ (تیٖر لایَن وِزِ) کَمانۍ یَتھ کُن کَمُن۔ ۳۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) کانٛسہِ کامہٕ سیٖزراوُنہٕ باپتھ تُنٛگ سَنٛتر تھَوُن کَرِتھ یا تَمِ باپتھ کانٛسہِ قَدَم تُلُن۔

**تیٖر خالی گَژھُن۔** (کانٛسہِ کام یا مامِلہ اَنٛداز تاوُنہٕ باپتھ)

کانٛسہِ ہُنٛد بِنہٕ کَرتھ نیٚو کھٲوِتھ۔

**تیٖر دِیُن۔** کان لایُن۔ تیٖر چَلاوُن۔ تیٖر تراوُن۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) تَرِژھ کانٛسہِ سَخ کَتھ وَنٕنۍ یوٚسہٕ تیٖرکی پاٹھۍ سُنٛنتھ گَژھِ۔

**تیٖرِ کَش۔** تیٖرِ نور۔ سُہ کھٹیلہٕ ہیوٗہ یَتھ مَنٛز کان آسان چھِ، یہِ چھُ یُس پاٹھۍ (تیٖر چَلاوَن وِزِ) پھیٚکِس یَتھ کُن اَوٚنٛد آسان۔

**تیٖرِ کَمان۔** کان تہٕ ہارُخ یِمیو سٟتۍ تیٖر چَلاوان چھِ۔ اَکھ چھُ کاٗدِس ہُتھ تِتھۍ کوٚر ہیوٗہ گَنٛڈِتھ آسان (یَتھ مَنٛز تیٖر تھَوان چھِ)۔ تراوَن وِزِ چھُ اَکھ یَتھ کُن لَمتھ یوان تہٕ تیٖر چھُ برٛوٚنہہ کُن ژٕلان۔

**تیٖر لایُن۔** ۱۔ کان لایُن۔ تیٖر دِیُن۔ کان چَلاوُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) تَرِژھ کانٛسہِ کَتھ ٹٕرتھ دِنۍ یوٚسہٕ تیٖرکی پاٹھۍ ٹٕرِتھ گَژھِ یا زوٚد کَرِ۔

**تیٖرٕ ۳۔** م۔ سوٗل۔ تیٖر (۹ ] جانوارِ سٕنٛز بَکھ یا بٕنِہ کَنہِ جایہِ ہٕشرِ بَنٛتھ ہُنٛد اَکھ حِصہٕ۔

**تیٖرٕ۔** "تیٖر" لَفظُک جمع۔

جاناوارَن ہنٛز جنٛتھ (اَکہ خاص
قسمُک) ییٚمہِ سٍتۍ تِہنٛزِ
نَن وُلِتھ چھیٚٹۍ آسان۔ پَر۔
تیٚپرِ گوٗنٛد۔ ۱۔ (ل۔م) تیٚپرہٕ بَنوٚوِمُت
گوٗنٛد۔ ۲۔ (وَرگہِ پٲٹھۍ)
لال جوٗ آہِر جُبہِ بتہٕ بٔرگہٕ سٍتۍ نَن
تیٚپرہٕ بنوومُت گوٗنٛد یُس
عِیدِ لوکہ دستارس بیتَرِ
لاگان چھُ۔
تیٚپرِ گوٗنٛدُر۔ ۱۔ تیٚپرہٕ بَنٲوِ ہنٛز لوکٹ
بوٗدر۔ ۲۔ سوٗر سُشنٛد تاج۔
کوٗکرِ بیتَرِ ہُشنٛد چھوٗنٛگ۔
تیٚپرِ لاگُن۔ ۱۔ (ل۔م) (جاناوارِ سٕنٛدِ
پٲٹھۍ) تیٚپر مَرتھ، لٲگِتھ تھوٚونٛ۔
۲۔ (وَرگہِ پٲٹھۍ) یُس نہٕ پَنٛنہِ
نَس اوردے سَبَق دیٚمُن۔
کٹھ کَٹِ ذ۔ ہیٚچھناوُن نہٕ سَہ
تخفیف کَرُن۔
تیٚپرِ بَین۔ ۱۔ (ل۔م) (جاناوارِ سٕنٛدِ
پٲٹھۍ) تیٚپر چھٹِنہِ۔ پَرِ بیٚنہِ۔
۲۔ (وَرگہِ پٲٹھۍ) شَکَس یُن۔
غٔریب گژھُن۔ غُربَت بیٚنہٕ۔
تیٚپر۔ ن۔ سوٗل۔ تیٚپر < ہ: پیر۔
سوٗ کیٚپر چھَل یوٗسہٕ قیمیصنہِ
کالرس بوٚنہٕ کنہِ نشانَن بیٚٹھ

چھیٚٹۍ آسان۔ (پشتہ لفظ)۔
تیٚپرِ کھٕ، تِرِکھٕ۔ ن۔ سوٗل: تیٚپرِ کھٕ دس: تیٚپر کھٕ۔
زیادٕ ہیٚچھ جاے، پکوہٕ پتر جاے،
سوٗ جاے بیٚیتَر دِوۍ لگان
آسَن۔
تیٚپرِ کھٕ یاترا، تِرِکھٕ یاترا۔ گُنہٕ تیٚپرِ قھچ
زیادٕ رٕتھ۔ تیٚپر تھس بیٚٹھ گژھُن۔
تیٚز۔ ن۔ سوٗل۔ تیٚز < س: تیٚجہ۔
۱۔ گاہ۔ گاشِش۔ پرٕتوٗ۔ چمکھ۔
جلوٕ۔ پھرا گاشِش۔ نوٗر۔ ۲۔
ٹھنٛگ پرٕتوٗ۔ نوٗر۔ گاہ۔
دِوٕکھ۔ ۳۔ زوٗر بہتہٕ، زور،
طاقتھ، ہیکتھ، بل۔ ۴۔ جوش،
نٕژر۔ جوانی، سرگرمی۔
وَلوٕلہ۔ تیزی۔
تیٚز بٔرکھ۔ ۱۔ نوٗرٕ لوٚبرت۔ یہ پانس
گاہ آسہ تراوان، پژلان
آسہ گاہ ژھٹہِ وُن۔ ۲۔
(وَرگہِ) باکمال۔ کمالہ وول۔
تیٚز سوٗست۔ ۱۔ نوٗرٕ بوٚبرت۔ سیٹھا
شَکیل، خوٗبصوٗرتھ۔ ۲۔
طاقتہٕ وول۔ زوٗر وول۔
وَلہ وِیر۔ ہیکتھ وول۔ سرگرم۔
پُرجوش۔
تیٚزوان۔ چمکہٕ وُن۔ گاہ ترآوُن۔

پڑزلہ ؤن۔ یُس زنہاپان آسہِ۔ یس نوٗر ییٚشپان آسہِ۔ وِچھو "تیز سوٗنت" تتہ۔

**تیٖزی۔** م۔ موٗل۔ تیٖز ح ف: تیزی۔ ۱۔ تیز آسُن یا تیز آسنٕچ حالتھ (کُنہِ اوزارٕچ)۔ ۲۔ (مزاجُک) ترٛوٗسُن، ووجر۔ ۳۔ تیٚزٕ م، اکھ چھِنہِ تیزی تہٕ چھُنہٕ بیٚیہِ آب ترٛاوُس۔ ۴۔ وُزُھ۔ پھُرتی۔ جلدی۔ ۵۔ (بیمارِ بپتھ) زیادتی، ژرہر۔ ہُرہر۔ طوالتھ۔

**تیٖزی کرٕنۍ۔** (دود، بیمارۍ بپتھ) زیٚچھنۍ۔ ژرہر گژھُن۔ زیادتی گژھنۍ۔ ہُرہر گژھُن۔ ۲۔ وُزُھ کرُن۔ (کُنہِ کامہِ بپتھ منش) جلدی کرٕنۍ۔ پھُرتی ہاوٕنۍ۔ ۳۔ ووجر کرُن۔ ودُن۔ شورُن۔ زیادتی کرٕنۍ۔

**تیٖزرُن۔** ۱۔ تیز کرُن۔ کھہرن دِنۍ۔ پین دِنۍ (کُنہِ اوزارس بپتھ)۔ تیز راوُن۔ ۲۔ کُنہِ کارس یا کَسبس منز ماہر بناوُن۔ کانٛسہِ کارکَسب ہیچھناوُن۔ کُنہِ کامہِ اندر منز یا واقف کرُن۔ ۳۔ (دود بپتھ) زیچھراوُن۔ ہُڈراوُن۔ ہُڈرُن کرٕنۍ (دادِس بپتھ)۔ ۴۔ (نار بپتھ) تیز راوُن۔ زیٚچھراوُن۔ جِگہٕ ہیٚشاوُن۔ ۵۔ (یَس دُکھ آسہِ تَس) بیٚیہِ ہَن شرارتھ کھارُن۔ ووہراوُن۔ وُنِش دِنۍ۔ تُلُن۔

**تیٖزٕنۍ۔** ن۔ موٗل۔ تیٖز ح ف: تازی لفظُک مادٕ یا اکہِ ذاتھ ہُنز گُربہِ تیز پکنہٕ بابتھ مشہور چھےٚ۔ اکھ تیز رفتار مادٕ یا گُرُن۔ عربی نَسلٕچ مادٕ یا گُرُن۔

**تیٖزٕ ری۔** م۔ موٗل۔ تیٖز ح ف: تیز۔ سہٕ آلہٕ بیٚیہِ سیٚتۍ شراکہِ بپتھ ہُنز دار تیز کرنہٕ یوان چھےٚ۔ پھَشہِ کَنۍ۔ کھرادہ بپتھ۔

**تیٖزی آسٕنۍ۔** تیزی آسٕنۍ۔ کھہرن آسٕنۍ۔ پین آسٕنۍ۔

**تیٖزی دِنۍ۔** دار تیز راوٕنۍ (شراکہِ بپتھ) پین دِنۍ۔ کھہرن دِنۍ۔

**تیٖل۔** ن۔ موٗل۔ تیل ح س: تیٖلہ۔ ۱۔ بتھالین، گو جن بپتھ (جیر بتھ) کوہِ دُشت سہٕ ترٛل مادٕ یُس کھٮ۪نس کیوٚزالنس لگان چھُ۔

(۲) پھَکھل تیل، اٰلِ استہٕ تیل۔

۲۔ ژٔیپہٕ مَنٛز کوٗڈُٕشت سُہ تیرَل مادٕ یُس ژالنَس بیٚیتر لگان چھُ۔ ٹیٚٹرِ تیل۔ پیٹرول۔

**تیلہٕ آمَن** ۔ (س: تیلَ + آمہ۔) سُہ مُشکھ یُس گَنہِ سِنٛس بیٚتر اوٗمے تیل روزُن کرِ پٮ۔

**تیلہٕ اٰٹھم** ۔ (س: تیلَ + اَشٹمی۔) پھاگنہٕ زُوٚنہٕ پچھہٕ اٰٹھم۔ اَمہِ دۄہہ چھ سہ ردَن ہٕشدی ناوی ژاٗنگی بوان ژالِتھ کھوٚنہٕ۔ وِ چھو "تیل دِتُن"۔

**تیلہٕ بَستہٕ** ۔ تیل تھَوٕنہٕ بایتھ داپو مَشکھ۔ یتھ کالہِ اٰسی ئیژ یا کھوٗ اٰکھی کیتھ تیل تھَوان۔

**تیلہٕ پھلم** ۔ تیل کَڈِتھ یا پھیاٗنِتھ یتھ کُن روٗد شُت مَل، یا پھیچھرُن بیٚترٕ۔

**تیلہٕ پاٗج** ۔ تیل مینٛنگ اَکھ میٚنٛژ۔ اَتھ چھُ خام شیٚشے سیٖر تیل واتان۔

**تیلہٕ پھَل** ۔ تُم بیاٗلِ بیترِ یمَن تیل نیرِ۔ مثلَن تیلہٕ گوٗگُل۔ اٰرش بیترٕ۔

**تیلہٕ پھیوٗر، پھیوٗر** ۔ تیلہٕ قطرٕ۔ تیلہٕ سٕہ یا تیلہٕ رَژہ ہَنا تیلہٕ پھیوٗر ہیوٗہ۔ چاق چوبہٕ شُد۔

ٹوکرِ تہٕ موٗٹ۔ (۲) یہِ گُرہ چھُ تیلہٕ پھیوٗر ہیوٗہ۔

**تیلہٕ ٹٕلٕشُن کَرُن** ۔ (ل۔م) تیلَس مَنٛز تَلُن یا کَسُن۔ (وَرگہ) سَخ عذاب کَرُن۔ (یہ چھُ وۄہوٗنٕہ)۔

**تیلہٕ ٹٕلٕشُن گژھُن، لگُن** ۔ (کاٗنسہِ ہُنٛد یا کیٚنہٕ بوٗزِتھ) سَخ پھیرُن۔

**تیلہٕ ٹھہُر** ۔ سُہ ٹھُہُر یتھ گیو بَدل تیل آسہِ تراٗوِتھ یا مِلوِتھ۔

**تیلہٕ ٹاٗنٹھ** ۔ تِنہِ تیلہٕ دار۔ زاٗوِج تیلہٕ دار۔

**تیلہٕ ٹِکھ** ۔ تیلہٕ قطرٕ۔ یِتھے تیلہٕ رَژھا۔ تیلہٕ داغ کھَنٛڈ۔

**تیلہٕ دار** ۔ تیلہٕ سٕہ یا سیٚٹھا کَم تیل۔ تیلہٕ ٹاٗنٹھ۔

**تیلہٕ شرٛاد** ۔ (س: تیلَ شرٛادھ۔) اَکھ بَڈٕ رَسم، یتھ بیٚٹھ سہ ردَن ہٕشدی ناوی ژاٗنگی چھ ژالنہٕ یوان۔ وِ چھو "تیل دِتُن" تہٕ۔

**تیلہٕ کَنگنی** ۔ (س: تیلَ + کنکَ تہٕ۔) (ل۔م) تیل مُتصِل مَنٛزِ دِژ ژٕژ کَنگنی۔ (ہاپر) ٹلِ یار باٗشی۔

**تیلہٕ کاژ** ۔ تیلہٕ کاژ۔ یُس شُد پٕچ تھُمبہ چہ یمَن مَنٛز تیلہٕ کُنٛزِ بَشد چھیٚے آسان۔

تیلہٕ کُپی ۔ تیل تھٲوِنہٕ چ لوکُٹ بستہٕ
یا گلہٕ ٹیٖنگ ڈٔبہِ یتھ منٛز
(ہشیشن دِنہٕ باپتھ) تیل
تھٲوان چھ ۔

تیلہٕ کوٗپ ۔ اَکِہ قسمُک داوٗ کھٹیلہٕ
یتھ منٛز تیل رٹان چھ (یہِ
اوس یتھ کالہِ ورتاوس
منٛز) ۔

تیلہٕ کرٕ کھٹہٕ (کرٕاکھٹہٕ) (کِتھہٕ) ۔ تیلُک
دزُن مُشکھ ۔ تیلِچ کرٕ کھٹہٕ ۔
تیلک سٕہ بیٚنز دزُن مُشکھ
یُس نستہِ کھران چھُ ۔

تیلہٕ کڑاے ۔ ۱۔ تیل کارنہٕ باپتھ
ئڈ ناو ۔ ۲ ۔ (تنتہِ) تیلہٕ
ستین ئرتھ کڑاے ۔
۳ ۔ (ورگہٕ پآٹھی) سیٹھا
توٗت تیل ۔ تیلہٕ رٕ سر ۔

تیلہٕ کڑاے پیٚنی ۔ (ل ۔م) گنٛڈگہٕ وُن
تیل پیٚوان ۔ (ورگہٕ) سٔخ
صدمہٕ گژھُن ۔ کانٛہہ بوٚڈ
وآرٕ ی داکھ گژھُن ۔ (یہِ چھُ
دوٚہو نہٕ) ۔

تیلہٕ کرٕہ وٚنٛڈ ۔ ۱۔ ٹٔٹی دار کرٕ ل ہیوٗہ
لوکُٹ ہیشہ یا نہٕ یمہِ ستی
ہیٚنِتھ تیل یانہٕ منٛزٕ کڈان یا
ترٛاوان چھ ۔ تیل تُلنُک ترٛاوُنک
اَکِہ قسمُک لوٚٹ کڑیتھ چھو نیچہٕ ۔
۲۔ تیلہٕ برٕ تھ کرٕہ وٚنٛڈ ۔

تیلہٕ کھوٚر ۔ < س: تیٖل + کھرٕ
(ل۔م) سٕہ کھوٚر یُس کٔلس
(کھرِ ہوٚ تھمت) تیل پیڈان
آسہِ ۔ (ہزلہٕ) رٕزیل ۔

تیلہٕ نُن ۔ موٗل ۔ تیل < س: تیلہ ۔
(گوجن بیٚنز) تیل پُن ۔ تیل
ہیوٗ پیڈان تہٕ مزٕ ڈُن ۔
(ڈوٗنی گوجن بیتر) ئیژ کال اتھ
روزنہٕ کنٛز تیل پُن ، ہوژن پھکھ
وۄتھن تہٕ مزٕ ڈُن ۔

تیلہٕ وان ژٕکھ ، تلہٕ وان ژٕکھ ۔
تیلہٕ وانگ سٕہ ڈنٛڈ یُس
تیلہٕ وآنی دانٛدس گرٕ دنہٕ
لاگتھ چھُ آسان ۔

تیلہٕ وآر ، تلہٕ وآر ۔ ۱۔ (وارِ جالہٕ)
اَکھ لوکُٹ باہٕ یتھ منٛز تیل
تھٲوان چھ ، نہٕ یمہِ منٛزٕ ڈُنبگ
تیل سرٛنس ترٛاوان چھ ۔ ۲۔
(ورگہٕ پآٹھی) تس ونان یُس
پٔرتھ کانٛسہِ ہنٛز کینٛہہ نتہٕ
کینٛہہ خبر آسہِ ۔ یُس
پٔرتھ جایہِ وانِتھ پیٚیہِ ۔

تیلہٕ وأنی ترٛٹھ ۔ تیلہٕ وأنی سُنٛد (تیلہٕ) پلو بیٚمہِ سیتی سہ بانٛن بیتر پھش وٚش دوان چھُ ۔ یتھ سیٹھا مأنچھرن آسہِ ۔ (وَرگہِ) مالہ، سوکرُ پلو بینزہ، گنٛدہٕ پلو بینزہ ۔

تیلہٕ وأنی دانٛد ۔ ۱ ۔ تیلہٕ وانس لمن وول دانٛد ۔ تیلہٕ وأنی وانٛک دانٛد ۔ ۲ ۔ (وَرگہِ پأٹھی) زو ژٹن وول ۔ یُس أنی پأٹھہٕ کھرہٕ شندی پأٹھہٕ راتس دوٚہس جیٚکھہِ ۔

تیلہٕ وأنی گنٛز ۔ تیلہٕ وانٛک سہ حصہٕ یتھ منٛز پھلس، گوجن، بیترِ تیل کڈان چھِ ۔ کھوٚر ۔

تیلہٕ ووٚن، تلہٕ ووٚن ۔ < س: تیلہٕ + وَنِک ۔ ۱ ۔ تیلہٕ دول ۔ ۲ ۔ تیل کٔنِن وول ۔ ۳ ۔ اکھ کبوٗم ۔

تیل اُنُن ع ۱ ۔ تیل وارہٕ پأٹھی کارُن ۔

تیل دیُن ۔ < س: تیلہٕ دانہٕ ۔ تیلہٕ شرادکرُن، یہ چھُ اکھ [illegible] رسم ۔ امہِ دوہہ چھِ موُدمٕتس [illegible] شندی نادی ژام [illegible] زالنہٕ یوان ۔

تیل پُن ۔ ۱ ۔ تیلس گرٛکھ ینہٕ ۔ تیل کارنہٕ پُن ۔ ۲ ۔ کاٹھہٕ چیز ژھانٛڈی ژھانٛڈی یا زاوُج کام کرِتھ گرٛی أچھ لوسنہٕ یا أچھن بیٚٹھ بار آسُن ۔

تیلہٕ پھٔٹر ۔ اکہِ کلیٚنک ناو ۔

تیلہٕ پھٔچر ۔ تلہٕ پھوٚت ۔ جمٕک اکھ (أندرِیُم) نان ۔

تیلہٕ چھٔر ۔ ۱ ۔ تمہٕ چھکہٕ یمہٕ گرٛگوٗنس تیلس آب بیترِ پینہٕ کنہٕ دوٚہ تھٔمن ۔ ۲ ۔ اکھ بیمأری یتھ منٛز اَتھٕکن چھا پٔھن کٕنہٕ ہنہٕ داغ گرٛژھان چھِ ۔

تیلہٕ راچھ ۔ گوساٹن ہنٛز اکھ جماتھ یم تیل سو مبراوان چھِ نہٕ [illegible] شیچر ستر پوز چھِ کران ۔

تیلہٕ سٹرک، تلہٕ سٹرک ۔ سو پوختہ سٹرک یتھ تار کول تراوتھ آسہِ ۔

تیلہٕ کنہٕ آب دُرُن ۔ ۱ ۔ خامخا سِزر گرٛژھُن ۔ سٕینز [illegible] ۔ ۲ ۔ (وَرگہِ) تأیید آسُن ۔ رُت قِسمتہٕ ہأو آسُن ۔

تیلہٕ کبوٗم ۔ < س: تیلہٕ + کرمہ ۔ اکھ کبوٗم یُس سیٹھا کرٛہُن چھُ آسان ۔ أمس چھِ "تیلہٕ ووٚن"

تہٕ وَنان۔

ٹٹیلہٕ گرُن، تلہٕ گرُن ۔ ۱۔ اَکھ گرُن ذا کتھ۔ ۲۔
(وَرگہٕ پاٹھی) شرٕ بُس ٹٹیلہٕ
منٛزٕ دِداشت آسہ بابہ
ٹٹیلہٕ ستی دِرِ دِو لوگمت
آسِ۔

ٹٹیلہٕ گوگُل، تلہٕ گوگُل ۔ اَکھ ٹٹیلہٕ پھل ۔

ٹٹیل اَٹُن ع۲ (اُچھن) ۔ ۱۔ اُچھن بیٹھ سخ
دبا و اَوُن ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی)
کانٛہہ چیز ژھانڈٕ ناوِ ژھانڈٕ
ناوِ کانٛسہٕ ہنٛزٕ اَچھ بوسناوِنہٕ،
تیٚژھ کام کرٕناوِنۍ۔ بیٚیہ ستی
اَچھن بیٹھ سیٹھاہ زور بیٚیہ۔
"ٹٹیل اَٹُن ع۱" وُچھو "ٹٹیل"
لفظس تل۔

ٹیٹنتر گوج ۔ م۔ سُوال۔ ٹیٹنتر گوج < ؟-+
س: گور دٕ زمانہٕ ہنٛزٕ ستیٚ رٕچ
جایہ ہنٛد اَکھ حِصہٕ۔ راز ہمہ
پھول۔

ٹٹن ٹیرا ۔ ن۔ سُوال: ٹٹن ٹیرا < ہ:
ٹٹن ٹیرہ۔ ۱۔ (ل-م) ترٛٹۍ
ٹٹرٕ واہ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی)
چھٕلہٕ چھانگہٕ۔ چھٕلہٕ ڈٕگہٕ۔
چھٕلہٕ پھلہٕ کٕرٕ کتھ۔

ٹٹن ٹیراگرُن ۔ (وَرگہٕ) گُنہٕ کینٛہہ
تھوُن ۔ چھٕلہٕ ڈٕگہٕ کرٕنۍ۔ برباد ی
کرٕنۍ۔ تاراج کرُن۔ تباہی
کرٕنۍ۔ وُجارٕ کرُن۔ مِسمار کرُن۔
ٹھنٛز پھاکھ کرُن۔

## تۄ

تۄ ۔ < پراکرت: تۄ اَو = س:
تُس < س: تتھا۔ ۱۔ بیٚیہ۔
م، تۄ تہٕ بیٚیہ۔ اَکی طرِیقہٕ کینٛہ
لفظن مِلناوِنہٕ باپتھ تہٕ چھُ
یہ وَرتاونہٕ یوان۔ م،
غنی تہٕ ڈُلی۔ رُت تہٕ کُرِت۔
وُٹن تہٕ گرٕژھن۔ ۲۔ مگر۔ اماپوز۔
م۔ جِسم چھُ فانی تہٕ رۄح لافانی۔
۳۔ بیٚتہٕ۔ تۄ بیٚتہٕ۔ ۴۔ اَدٕ۔
تبٕلہٕ۔ م، لوے مَس تۄ بے۔
۵۔ سوٗ لوکہٕ سان کانٛسہٕ اَکھہٕ
کینٛہہ کرٕناوِنہٕ باپتھ تہٕ چھُ
یہ لفظ جُملس منٛز اَنان۔ م،
ہیٚتہٕ دِرٕ جا تھا اَنہٕ بیمار ہٕنٛزٕ
نبض۔ ۶۔ تۄنتہٕ۔ تۄ کٕرِ کتھ تہٕ۔
م، شیٖشہٕ رۄزی تن تہٕ پوشتی تن
یہ رٕدِن، تۄ تہٕ چھُم وہٕ نٛد ہے
سنتھ۔ (اَری نہٕ مال)

**ترٕ ۱** ۔ م۔ سۆل۔ ترٕ > س: در، دڑٕ۔ ربل۔ زیٹھ تہٕ پٹہٕ کم کیٛر چھل۔ ڈ ج ۔ کاغذ ٹکرٕ۔

**ترٕ پچھ** ۔ ٹلوٕ ۔ ریچھ۔

**ترٕ گڈھنہٕ** ۔ توٚ تتام پلو تٲلی لاگن یوٚ تتام تنھٕ ترٕ وسن، کیٛنہٕ تہٕ باقے روزٕ تہٕ۔

**ترٕ کرنہٕ** ۔ (پلوس بیترٕ) ربلہٕ کرنہٕ۔ ترٕ والنہٕ۔ پیٚشتی پیٚشتی کرٕ نۍ۔

**ترٕ وسنہٕ** ۔ (پلو بیترٕ) ژھیٚنۍ ژھیٚنۍ تہٕ گژھنہٕ لایق روزُن۔ ترٕ پچھ گژھنہٕ۔ ژھینُن۔ ژھیٚنۍ ژھیٚنۍ گژھن۔ ربلہٕ گژھنہٕ۔

**ترٕ والنہٕ** ۔ (کٲٹس) پلو بیترٕ ژٹنی۔ پلون ترٕ پچھ کرنہٕ۔ پلون پیٚشتی کرٕ نۍ۔ (خاصکر تنھٕ ہر کرٲن وزِ)۔

**ترٕ ۲** ۔ م۔ سۆل۔ ترٕ > س: در، دڑٕ۔ ۱۔ نزدیک رشتہٕ دار۔ ارشتہٕ ہنا ڈالِتھ ۔م، ماہِنہٕ۔ ماسہٕ ترٕ۔ ۲۔ (ہزلہ سان) عملی آشناو۔ ۳۔ آشناوی تہٕ کیٛنہٕ دپان گناہ تام ترٕ چھکھ یانہٕ واٰز۔

**ترٕ گڈٕ نۍ** ۔ ۱۔ آشناوی گڈٕ نۍ۔ رشتہٕ کھ کرُن (لٹی لٹی) ۲۔ (کور یا نیچُھس، نینثر کرنہٕ برونٹھہ کورِ ماوسن تہٕ گوٚبرِ مالِس ہنٛز اورٕ یور رشتہٕ داریٚ سٕر کھر کرٕ نۍ۔

**ترُن** ۔ وچھو "ترُن"۔

**ترٕ نیار** ۔ ٹھنڈی۔ ترٕ بیترٕ۔ سردی۔ ترُن آسنٕچ حالتھ۔

**ترٕژھ** ۔ م۔ سۆل۔ ترٕژھ > س: تیچھ۔ ۱۔ اکھ ترٕژھ۔ سہ یوسہ پکوٚیس رنن واٲلس اکھس منٛز آسان چھ بیٚٹھہٕ سٕتی سہ ترٕتس بانکس تھپہ کران یا گگرِ بیٹھ والان چھ یا گگس پیٹھ کھالان چھ۔ صافی۔ ۲۔ (ورگہٕ یا ٹھی) ٹکرٕ زٹ۔ ملدار پلو۔

**ترٕژھ پلوٚ** ۔ بانہٕ بیترٕ صاف کرنک پلوٚ۔ بانہٕ بیترٕ وتھراونچ ڈ ج۔ ترٕژھ کرنک پلوٚ۔

**ترٕژھ کرٕ نۍ** ۔ ادرٕ ترٕژھ سٕتی پھٹر بیترٕ صاف کرُن یا گنہٕ چیزس پھش دیُن۔

**ترٕژھ ہوٚہ** ۔ تالہٕ۔ مل دار۔ موکُر۔

**ترٕژھ گڈھنہٕ** ۔ ۱۔ (پلوس بیترٕ لاگی زتھ گڈھنہٕ۔ ژٹُن۔ ٹلوٕ کرنہٕ۔ پچھ پچھ کرُن (پلو بیترٕ)۔

۲- (کُنہِ کتھِ یا ماملس) ژُکس
وانُن ـ ناہس دانُن ـ رٹھ
رٹھ سام ہیٚنہٕ ـ ۳ـ ماز بیتر
ژ پیوٚ ستی ژٕٹُن ـ ۴،
ہوٚنہٕ چھس ہتژھ کھژٕ ـ

**ہتژھ کرہ بٹر ـ** (کپوس بیتر) ہتژٕ کرہ بٹر ـ ہتژھ
کرٕ کھ کھوتہ ـ تلیمہ کرہ بٹر ـ
ہتژٕ پیچھ کرہ بٹر ـ تُغیانہٕ کرُن ـ

**ہتژھ ہتراوٕنی ـ** پھمبہِ ستی بیمارس یا
مُشرس تژیش یا دوہ
اُسس منتر تژاوُن خاص کرِتھ
مرہ بٹر وزِ اُسس سترنیہ
کرُن (اَدر پھمبہِ ستی) ـ

**تلیر ـ** وُچھو "جلیر" ـ

**تیٚپے ـ** کلی پھمب کنُن واجنہٕ ـ

**تیبِر ـ** کئنچ یا بیٚیبہ کُنہِ نارل مانچ
دار ـ

**تیبہ کھارنہٕ ـ** کلی پھمبس ژٕ اوٚچ نار
گٔتھ کڈُنی ـ

## تہ

**تہر ـ** م ـ موٚل ـ تہر > نُہار
>س: تُشار ـ ۱ ـ سردی ـ
ہٹہ دربر ـ ۲ ـ تیٚبہ یا زٕر
ستی ژامِژ کھر کھر ـ ۳ ـ
(ورگہ یا کٹی) (کانُس ہٹھ)
خوف ـ ژٕکٹی، کانپھ ـ ۴،
تس چھپے ہیٚتھس افسرٕ سِشر
تہر ـ

**تہرال ـ** ۱ ـ وَندِ چہ تہر ستی ژمھیمٕژ
ال ـ ۲ ـ سوٚ ال یوٚسہٕ
پوٚت ہرٕ دس ہیوٚہ بییر ـ

**تہرالہ الہ اژُن ـ** تہر لگنہٕ کنی کھر کھر
کرٕنی ـ سخ تہر لگنہٕ کنی نٹھ
نٹھ اژٕنی ـ تہر ستی تٹُن ـ
تہر ستی دَند ٹکہ لگنی ـ

**تہرزالہ ـ** تیٚبہ بیتر کنی تہر کھٹنہِ ـ
ملیریا ـ

**تہر کٔنڈی اژٕنی ـ** تہر کھسنہٕ (سردی
یا بیہ کنی) ـ

**تہر کٔنڈی پھٹنی ـ** ۱ ـ سخ تہر ستی
رُم کھوٚد وتہ ہٕتنی ـ ۲ ـ
خوفہ ستی یا کس نٹھ نٹھ
اژٕنی ـ

**تہر کٔنڈی ژاہنی ـ** ششتُناوُن ـ
کانپناوُن ـ

**تہر کوٹ ـ** ننی ننہِ سخ تہر لگنہ کنی
وتہ پھرِ یوٚمُت رُم (رُم کھوٚد)
وُٹھمُت رُم (تہر کوٹ چھ

چھُ بَیہ تۄمبرٕ سٕنۍ پٔھٹان)۔

**تۄمبر کوٚکر** ۔ یُس تۄمبر پورٕ کِنۍ پانس کھوکھُٹ سو کھُٹ گژھِتھ بیٚہِ تہٕ بیٚٹھِتھ سیٚٹھا پکو ہیٚتہِ۔ (ہرٕنۍ کِنۍ) تۄمبر کھُٹ لیوٗز۔ یُس تہٕ تۄمبر برداشت کٔرِتھ آسہِ ہیٚکان۔

**تۄمبر ہوٚت** ۔ تۄمبر لوشُت (تۄمبر منٛز پکنہٕ کرنہٕ سٕتۍ) ۔ تۄمبرٕ سٕتۍ ہانیٚوشُت۔

**تۄمبر اَتھنہٕ** ۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) سٕتۍ اَتھنہٕ۔ کانٛسہٕ ہُنٛد بے آسنہٕ کِنۍ کھٔر کھٔر ووٚتھنۍ۔ سَخ کھوژُن۔ خوفہٕ دِ گژھُن۔ نٔکھ نٔکھ ڈکرٕنۍ۔

**تۄمبر پھٔٹنہٕ** ۔ ۱۔ رُمہٕ ہرٕش گژھُن تۄمبرٕ سٕتۍ رُم کھڑٕ ووٚتھنۍ۔ ۲۔ (کانٛہہ ظُلم بینِتھ وُچھِتھ) سَخ صدمہٕ واتُن۔ تۄمبر دُ گژھُن۔ دِل گژھِ ہنۍ۔ (ورگہٕ) کھٔر کھٔر ووٚتھنۍ۔

**تۄمبر دِ نُنہٕ** ۔ نہٕ آسنکۍ ٹٕلی بارو دِنۍ۔

**تۄمبر ژانُنہٕ** ۔ سٕتۍ ژانُنہٕ۔ سَخ توفس تَل کھڑُن۔ بیٚبس تَل کھڑُن۔ (بٕنہٕ کانٛسہٕ ہُنٛد خوف آسُن یتھ یاد پیٚتھ کھٔر ووٚتھ)۔

**تۄمبر کھسنہٕ** ۔ ۱۔ تۄمبر کِنۍ کھٔر کھٔر کرٕنۍ۔ سَخ تٔنۍ آسنہٕ کِنۍ اَندری تۄمبر پھٔٹنہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) کھوژُن۔ نٔکھ اَژٕنۍ۔ ۳، سُہ وُچھِتھ چھیٚتہٕ تس تۄمبر کھسان۔

**تۄمبر ناوُن** ۔ تۄمبر ژانُنہٕ۔ کانٛہہ پناوُن۔

**تۄمبر اَژٕنۍ** ۔ ۱۔ سَردی اَژٕنۍ (کٔھس بیتہٕ)۔ ہیٚنٛدر پیٚر پھیرُن (کٔر س بیتہٕ)۔ ۲۔ تٔنہٕ بازرٕ سٕتۍ کھٔر کھٔر کرٕنۍ۔ بدنس (اَندری) تۄمبر باسُنہٕ (تٔنہٕ وٕیہ کِنۍ)۔ ۳۔ کھوژُن۔ بیم اَژُن۔

**تۄمبر پھٔٹنۍ** ۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) اَسنہٕ خوف اَژُن۔ گابرُن۔ بانبرُن۔

**تۄمبر گرٕنۍ** ۔ سَردی گرٕنۍ یا ووٚتھنۍ۔ ونٛتہٕ یُن۔ سَردی ییٚنۍ۔

**تۄمبر لگنۍ** ۔ سَردی لگنۍ۔ تۄمبر پورٕنۍ۔ سَردی باسنۍ۔

**تۄمبرٕن** ۔ ن۔ ہوٗل۔ تۄمبر > تۄمبرٕ دس ہٕنشار

۱۔ سَرد گژھُن۔ ترٕ نُن۔ ٹھنٛڈ گژھُن۔ یٔخ ہیوٗہ گژھُن (خاصکر یتھ کانٛہہ تان)۔

۲، اَکھ تۄمبرٕن۔ کانٛہہ توٗت چیز سَردُن۔ شیٚہلُن۔ ۲۔ تۄمبر کھسنہٕ۔ ۳، اَتھ تۄمبرٕن پیٚتھ آسنۍ۔

**ٹَنٹنی ٹئر** ۔ ٹئرِ کتھ یمَن نہٕ سوٗد آسہِ نہ ساد آسہِ ، بیہٕ بےموقہٕ کرَن ۔ دَناسپر ۔ عکھر ۔ بکواس ۔

**ٹَنٹنی کوٚر** ۔ ن ۔ موٗل ۔ ٹَنٹنی کرٕ < س : ٹنٹنہٕ + کُٹکہٕ ۔ ہو کھڑ وتھ ژ بچہ بیٹھہٕ ستی شُپی واتل شُپن بیٹرِ ٹبہ دوان چھ ۔ یہ چھ دوبہٕ بیٹرِ تہٕ لاگنہٕ یوان ۔

**ٹَنٹنزھ** ۔ م ۔ موٗل ۔ ٹَنٹنزِ < دٕ س : ٹَنٹنس ۔ اَکھ قسیچ لوکُٹ تہٕ زاوج کنہ واج ۔ لوکُٹ تہٕ زاوُیل کنہ دول (یہ چھ ٹیزٕ پاٹھی کَن ژوہ مین وزِ کورن کنَن لاگان ۔ اکھ چھ "کنہ ٹَنٹنزھ" تہٕ دَنان)

**ٹَنٹنزھِ** ۔ م ۔ موٗل ۔ ٹَنٹنزھ < دٕ س : ٹنٹنہ آگرٕ دَنہٕ ہٕٹزِ پٹھ سِتی مہ طرٕ فچہٕ رگہٕ ۔

**ٹَنٹنزھ گڈنہٕ** ۔ ل ۔ لِشہٕ گڈنہٕ ۔

**ٹَنٹنزھ گلنہٕ** ۔ (ل ۔ م) ٹَنٹنزھ گسہٕ بیٹرِ ۔ ( دَرگہٕ پاٹھی ) ہو کھن ، ٹیٹ گژھنی ۔ کمزور گژھُن ۔ نحیف گژھُن ۔ پان گلُن ۔ کوٚنڈے یوت موژُن ۔ ( فکرِ دٕ رکیز ، پریشانی یا بیمارہٕ بیٹرِ کنہ ) ۔

# ٹُ

**ٹُپھیچ** ۔ م ۔ موٗل : ٹُپھیچ < ؟ س : ٹمبکہٕ ۔ ( منہٕ ہشس ) بٹُہ ۔ ہٕنیٚر دڑاہٕڑ بگہٕ ۔ وٕیٹھ بٹُہ ۔ ڈول ہشس بٹُہ ۔

**ٹُنٹ ، ( ٹُنٹھ )** ۔ ن ۔ موٗل ۔ ٹُنٹ < س : ٹنڈِ ۔ زیو کھ ٹُبتھ کرِ تھ ۔ ٹُبتھ کنہ زیو کھ ۔ یَس نَس بیٹرِ زیٹھ تہٕ زاوج آسہِ ۔ تو نتل ٹُبتھ کرِ تھ ۔ یَس ٹُونگن ہوی دڑاہٕ تی آسَن ۔ ٹُبتھی کنہ ہوٚ کھمت ۔ یَس ٹُبتھ اوری ژلمت آسہِ ۔

**ٹُنٹہٕ نوٚس** ۔ < س : ٹنڑوٹہٕ + ناسا ۔ یَس زیٹھ تہٕ ہٹیٚدار نَس آسہِ ۔ تو نتل نَس کرِ تھ ۔

**ٹُنٹہٕ مانچھ** ۔ ن ۔ موٗل : ٹُنٹہٕ مانچھ < س : ٹُنٹڈ + پڑاکرِت / س : ماکشہٕ ۔ ۱ ۔ اکھ پوشنگ رَس ( مانچھ ) یُس میوٗکھ آسنہ سَبَبہٕ اَمہِ سِتی ژٕہتھ نَوان چھ ۔ ۲ ۔ ( دَرگہٕ ) سیٹھا جان تہٕ رُت چیز ۔ میوٗکھ چیز ، تہٕ بیٚتھ شفیہ کھتیچھ آسہِ ۔ م ، یہ کیا ٹُنٹہٕ مانچھ اوس بہٕ لاہٕ ہا اکھ پتہٕ ۔

**تُنتہٕ نور ۔** ن ۔ سوٚل ۔ تُنتہٕ نار > س:
تُنٛڈ + ناڑی ۔ ۱ ۔ ٹھیٖقِ کھوٚل
تہٕ پیٚنتہٕ تَنگ ٹیٚنوٗ اکھ آلہٕ یُس ہِمہِ
ڈُشری وُڈی مِژ کانٛہہ کیتھ دِوان
نام بوزِتھ ہیکان چھہ ۔ یہ چھُ
اعلان بیتر کرنَس لَگان ۔ ۲ ۔
(کِنزلہٕ یا سٕٹی) تَنگ مُرِ (کرِتھ)
بینزاہ یا پیٚتلوان ۔

**تُنتہٕ وٲلۍ کَرٕنۍ** (تُنتہٕ آلۍ کَرٕنۍ) ۔ > س: تپٔنتہٕ +
وَلکیہٕ ۔ گٔدی کَرٕنۍ ۔ دِق کَرُن ۔
سُہ سٕنٛتِجِ تِلُن یُس نہٕ شُہِتھ
ہیکِہ نہٕ ۔

**تُنتُر ۔** ن ۔ سوٚل: تُنتر > س :
پِٹرو تھ ۔ م، ھ : کھُوٚتھ
ہوٚنۍ شُند چوٗنٹھ ۔ ہوٚنۍ
کھو تُکھُن ۔

**تُجِ ۔** م ۔ سوٚل ۔ تُجِ > س: تولی ۔
۱ ۔ کانٛۍ ۔ (وَگوی) کرِ ۓ ٹ ۔
پیٚیتی دار زناوِج تِرٕشِس بیتر ۔
۲ ۔ (سیخ تُجہِ بیٚنٛٹھ) بُزِتھ
ماز تِکہ ۔ اَکہِ قسمُک تھوکہ
تِکہ ۔ ۳ ۔ ناوِج
(دوا بیتر لاگنہٕ بآپتھ) درم،
اَشِد تُجِ ۔ سو رَمہٕ تُجِ ۔
۴ ۔ سو کانٛۍ یَمہِ سٕنتی

کھَنٛڈِ واو پشمیٖنہٕ وونان چھہِ ۔
کھَنٛڈ واو تُجِ ۔ "تُجِ" چھُ
"وُنُل" لَفظُک مادٕ ۔

**تُجہِ پِلوٗنہِ ۔** کامہِ ژور آسنہٕ سو کھہِ بِلی
ژھِہ دَٹھ دِنہٕ نہٕ ۔

**تُجہِ تارنہِ ۔** ۱ ۔ پشمیٖنہٕ وونہٕ بآپتھ کانہِ
سوٚ ہیرنہِ ۔ ۲ ۔ پشمیٖنہٕ وونُن ۔

**تُجہِ تُلنہِ ۔** ہِکی تارٕنۍ ۔ (تلِہ دِوز کَتھ)
تلِہ چھاوُن ہیٚچھنہٕ بآپتھ
(زٲلہٕ شُند) اَکِس اَکِس کیتھ
تُجہِ بیتر رٹنہِ تہٕ بیٚیہِ اکھِ عہ سنتی
اَکہِ اَکہِ کَنِس تانۍ نِتھے گِنٛزِ کھارنہِ
تہٕ والنہِ بِتھہِ کِنٛزِ تلہِ دِوز تِلہِ
چھاوُن وِزِ ہِشرَن گَنِس تانۍ
کھاران تہٕ تورہ واپَس اَنان چھُ ۔

**تُجہِ رَنہ ۔** > س: توٗلہِ + رَجبُو ۔ (قالبافہٕ
شُند) سُہ پَن یتھ بیر گُچھہِ
گُنٛڈِتھ چھیٚپ آسان تہٕ یُس
وو سٕنتہٕ قالباف بَرُوٗ تُہ
کَنِہ رٹِتھ کام چھُ کَران ۔

**تُجہِ ژُرٕوٚٹ ۔** رہ یہٕ شُند دَنٛد خلال
تہٕ کَنہِ تُجِ بیتر چیزَن ہُند
تزوُنگ یُس بچھہِ ژش کھوورِ
طرفہٕ الونٛد چھُ آسان ۔

**تُجہِ کَبابہٕ ۔** تُجہِ بیٚنٛٹھ بُزِتھ ماز تِکہ ۔

**تُنجہِ کبابہٕ کرٕنی۔** (ل۔م) ماز س سیخن کبابہٕ بناوٕنی۔ (ورگی) کانٹہ پناوُن۔ ہوکھراوُن (یذہو سپتی) گدٔی کرٕنی۔ ستم کرُن۔ م، یانٛی بیٛران چھےٚ تُنجہِ کبابہٕ چھُم کران۔

**تُنجہِ گاسہٕ۔** ح س: تۄلہِ + گھاسہٕ۔ تُنجہٕ ہیۄہ گاسہٕ یٔس درٛمن کانٛجُن بیٛران چھُ تہٕ یتھ لاجۄرٕ رنٛگہٕ پوشس بیٛران چھ۔

**تُنجہِ گوٚر۔** تُنجہِ یناوَن وول۔ کانہٕ یناوَن وول، ہیمہ سشال بیترِ ووہنس منٛز بکار چھےٚ یوان۔

**تُنج گنٛڈہٕ ھنی۔** (ورگہِ پاٹھی) (داد بیترِ سپتی) ہوکھُن۔ کمزور تہٕ لاغر گنٛڈ ھُن۔ کرٕ ٹُن۔

**تُرٕ سے۔** م۔ مۄل۔ تُرٕ سے ح س: تۄریہٕ۔ ۱۔ تُرُم ہ اکھ قسمک (کاشُر) بگل۔ ۲۔ پارٕ ے، مُنادی۔ اعلان۔ ۳۔ شنٛگرہٕ ریشرٕ ھہ۔

**تُرٕ سے کرٕنی۔** (تُرُم وایتھ) پارٕ سے کرٕنی۔ سارٕ ی سپیٛ سشیتھ کرٕنی۔

**تُرٕ سے گنٛڈٕ ھنی۔** ۱۔ (یذکیتھ) سارٕ ی سپیٛ یچھانی۔ شاوٕ سے گنٛڈ ھنی (کُنیچ)۔ بدناّمی گنٛڈ ھنی (کنہ کیتھ ہشر)۔ افواہ گنٛڈ ھنی۔ ۲۔ شنٛگر گنٛڈ ھنی۔

**تُرہِ (تُرٕ بو)۔** گنٛگرٕ ینن دَند بناوُنک چھانہٕ سُند ساماٗنہٕ (لوہٕ کٹ ٹینٛرہش)۔

**تُرٕ پچھ۔** ن۔ مۄل۔ تُرٕ پچھ۔ دانٛگ: ٹرٛمپ۔) ۱۔ تاسیچ اکھ کھیل یتھ گیٚنٛدہٕ ہٕ برۄٚ تہٕ رنٛگ کرٕ تہٕ چھُ یوان۔ امہِ رنٛگہٕ کین پتٔن چھُ سیٹھا مۄل تہٕ قیمتہٕ آسان۔ سارٕ ی وے تھۄد چھُ یکہٕ مانٛنہٕ یوان۔ امُک لوٗن بادشاہ، تمہِ پتہ بیگم، پتہٕ غُلام ڈہلہِ، نۄلہٕ، اکھٹہٕ، ستہٕ، شیچ، پنٛچہٕ، ژور، ترٛے تہٕ تمہٕ پتہٕ دُ چ۔ رنٛگیچ دُ چ تہٕ چھےٚ بییہ رنٛگہٕ کس یکس کھیٚنہٕ پکان۔ (تُرٕ پچس منٛز) رنٛگ۔

**تُرُپچہٕ پُن۔** (تُرٕ پچھ کھیلہِ منٛز) رنٛگ پُن۔ رنٛگکی پیٹھی ینی۔ تھۄدی پیٹھی ینی۔

**تُرٕ پچہٕ پیٹھی۔** (تُرٕ پچس منٛز) رنٛگکی پیٹھی، رنٛگکی پیٹھ۔

**تٔرک، تُرکی۔** ن۔ مۄل۔ تُرک ح ع: تُرکی۔

۱- اکہ مُلکُک ناو -۲- ترُک -
ترُکُک روزن وول - ۳-
ترُکی زبان - ۴- کاشرِ چیز
یُس ترُکی منز بنیومُت آسہِ -

**ترُکی -** یتھ ترُکی ہنر ہُہر آسہِ - ترُکستانی -
ترُکُک - یتھ یا یُس ترُکی سِتی
نۄلُق آسہِ - ترُکس منز بنیومُت ،
پاۂدٕ سپدمُت - ترُکستانُک -
ترُکستانی -

**ترُک بولُن -** ۱- فرٕ فرٕ کران بولُن - فرٕ فرٕ
کران کتھ کرنہِ - چل چل کتھ
کرنہِ - ڈلی ڈلی کتھ کرنہِ - تیز
تیز کتھ کرنہِ - ۲- کاکی گی
سان کتھ کرنہِ - کاۂی کتھ کرنہِ -
زہر کی سان کتھ کرنہِ -

**ترُٹن -** ن - مۄل : ترُٹن - < پراکرت: تُسار -
< س: تُشارَ - ۱- ہونٛدر -
ہُشدر یوُمُت - سرٕد -
ٹھُشرِ گومُت -
سرٕد گومُت - آسی -

**ترُٹُن، ترٹُن -** ن - مۄل - ترُن < پراکرت: تُسار -
< س: تُشارَ - ہونٛدرُن -
سردُن - سرٕد گژھُن -

ٹھنڈ گژھُن - تیرُن -

**ترُے (کرُن) -** ن - مۄل - ترُے < س:
توٗرِیہ یا ششٛگرٕ کرٕڈٕ - ریزٕہِ
ٹُکُن -

**ترُبتھ -** م - مۄل - ترُبت < ع: ترُبتہ -
قبر - مزار -

**ترُشاے -** مۄل : ترُشا < ف : ترُوش -
۱- ترٕو کیپر - ژاچھر - ۲-
(وٕرگہ یا ٹھی) تُشدِ مزاز - وۄل -

**ترُیا -** م - مۄل - ترُیا < س: ترِی یا -
تیٚنٛچ ژوٗرم حالتھ - گوڈنچ
ترٛے حالژ چھیٚ (۱) زاگرٕ نتھ -
دُزیا ہُشار آسنٛچ حالتھ - ۲-
سوٗپُن - خابچ یا خابس منز
آسنٛچ حالتھ - ۳- ششُفتی -
مس نیٚندر آسنٛچ حالتھ -
ژوٗرم چھیٚ روٗحانی حالتھ
یتھ منز روٗح چھُ پننس
اصلیتس منز آسان -

**ترُیاپنتھ -** مۄل - ترُیاپنت < س:
ترُیاپنتہ یا "ترُیا" تہ گژھتھ -
- پوٗنتریمِ تہ آخری روٗحانی
منزِل، گوڈنکی ژور چھِہ
۱- زاگرٕ نتھ - ۲- سوٗپُن -
۳- ششُفتی تہ ۴- ترُیا -

**ٹُنہ** ـ ن۔ سٕوال۔ ٹُنز (> س: ٹنگمہٕ۔ اَکھ مُجہِ ذاکھ۔ اَکرِ قسمِچ مُج یتہٕ زیوٗ ہُٹ دن چھُ آسان۔ تاہِ ٹُنز۔ وُچھو "تاہِ تیٹُز"، ٹنہ۔

**ٹُنزکھ** ـ سٕوال۔ ٹُنزکھ > ؟ ٹُرکی، ٹُنزک] گاٹُل۔ ذٔہین۔ ہُشار۔ تیز۔ حاضِر جواب۔ تیلنگہٕ (یہ چھُ سِرُس سٕتی وَرتاوَنہٕ یوان)۔

**ٹُنزکھ۱** ـ ۱۔ ضابطہٕ۔ فایدہ۔ قونون۔ آیین۔ ۲۔ ٹھکہٕ ٹھکہٕ۔ حشمت۔ شانہٕ شوکتھ۔ جاہہٕ حشم۔ شان۔ ٹھاٹھ۔ ویقار۔ مرتبہ۔ ۳۔ کانسہِ بادشاہ سُند پانس متلِق لیوٗکھمُت کانہہ واقعہ۔ م، ٹُنزکہِ جہانگیری۔

**ٹُنزکھ۲** ـ ن۔ سٕوال۔ ٹُنزکھ > ؟۔ کولہٕ ٹُھنج۔ زیٹھ تو تُھنہ کرٕتھ اَکھ جانا وار یُس گاڈ کھوان چھُ۔

**ٹُنغیانہٕ (کرٕنۍ)** ـ ٹنٕہ کرٕنہٕ۔ ٹنٕزہ کرٕنہٕ۔ ٹنٕہ بچہٕ کرٕنہٕ۔ پھیشنی کرٕنۍ۔

**ٹُفَنگ** ـ ن۔ سٕوال۔ ٹُفَنگ > ف: تُفنگ] ژَرہ بوٗندوٗق۔ چھَرہ بوٗندوٗق۔ رٔفل۔
ٹُفَنگ ٹلُن۔ ٹاسہٕ رارٕ رٕلونی۔ تَنہ پَرٕ ٹُلنی۔ رٔڈ سٕتی پَرِ خاشُن ٹلُن۔
ٹُفَنگ لایُن۔ چھَرہ بوٗندوٗق چلاوُن۔ ژَرہ بوٗندوٗق چلاوُن۔ گوٗلی لایِنۍ۔

**ٹُنکہٕ۱** ـ ن۔ سٕوال۔ ٹُنکہٕ > ف: ٹُنکہ۔ پیٹھہٕ رٔس کان۔ یتھ پیٹھہٕ بدل گنکہٕ یا کھوٗل ہیوٗہ آسہِ۔

**ٹُنکہٕ یُن** ـ ۱۔ یہ چھُ وۄہو۔ کان یُن۔ م، تیٹھہ پیٹھہٕ تَس ٹنکہٕ۔ ۲۔ سٕتی ناگوار گژھُن۔ مُفِر باسُن۔ م، میٹایہٕ زَن چھُس ٹنکہٕ یوان۔

**ٹُنکہٕ۲** ـ ۱۔ کنشر، چھوٗر۔ ۲۔ لوکچر لوکچہٕ مکابہٕ وٕچہٕ۔ پھسِمب۔ پھسیمبر۔

**ٹُنکی** ـ وُچھو "ٹنکہٕ۱"

**ٹُنکی یِنۍ** ـ وُچھو "ٹنکہٕ یُن"

**ٹُنکسہٕ** ـ ن۔ سٕوال۔ ٹنکس] اَہوٗنز ہِسند ژیہ رکنہٕ مازَس بیتر وَژھُش چھِلہٕ، ٹنکہٕ بیتر۔

ٹُنکسہٕ کَرٕنی۔ چھلہٕ کَرٕنہٕ۔ ژٕٹُن۔ ہِترٕ کَرٕنہٕ۔ پھیشتی کَرٕنی۔

تُل ع۱۔ ن۔ مؤل۔ تُل < س: تۆنہٕ/تۆلہٕ۔ ۱۔ آنچہٕ بیترٕ وَراٹے اَکھ داںہٕ دار مِلادر تہٕ رَس دار میوٕ۔ ۲۔ (کُنہٕ کُنہٕ) ٹُنلہٕ ہُک۔

تُلہٕ کھوٗر۔ تَس دَر بڑری سُشرس وَنان یُس ٹُنلہٕ پھلُن پیٹھہٕ گُذارہٕ کَران چھُ۔

تُلہٕ ہار۔ < س: تۆنہٕ + آشار گۆ ھ۔ ہارِک رِیتھ ہِتھ بتنر سیٔتھ گرم چھُ آسان تہٕ تُل چھہ پیان۔ (وَرگہٕ) گرمہٕ گُڑالے زبردس گرمکہٕ دوہ۔

تُل ع۲۔ ن۔ مؤل۔ تُل < س: تۆلہٕ۔ ۱۔ گرِتھ تہٕ ژٕرِتھ کون یا گاڈ سلبہٕ ہیوٗہ کون = م، ٹیشدرہٕ تُل۔ گاسہٕ تُل۔ ۲۔ نۆٹ۔ لانچ۔ غلطی۔ م، تُل کھارُن = نۆٹ لاگُن۔

تُل کھسنی۔ بُلی کانہہٕ اِلزام لَگُن۔ نۆٹ لانچ یُن۔

تُل کھارٕ۔ نۆٹ لانچ اَنُن۔

تُل ع۳۔ مؤل۔ تُل < س: تُلنا۔ تُل √۔ وَزن۔ گوہ بہر م، ڈاے پوش تُل، اَتھ کیا چھہ تُل تُلہٕ تُل تہٕ تُل نوکبینہٕ ۔ ۲۔ ژٕ تُل (ٹیٹھر پیٹھہٕ) ٹھۆد تُلُن۔

تُلَس تُل۔ وَزنَس وَزن۔ وَزنَس براَبر وَزن۔

تُل کَرُن۔ ۱۔ وَزن کَرُن۔ اَکھہٕ سِتی دَر کَرُن۔ (کُنہٕ چیزُک) وَزنُک یا گوبرُک اَنداز کَرُن۔ اَٹھہٕ سِٹھہٕ یا ٹُھی وَزن کَرُن۔ ۲۔ (شرٕ گیشُن) کۆرس دوہ یوٗ اَنٛدوٕ زٕ شُری اَکھ اَند ہیوٗر تہٕ اَکھ بوٗن کھالِتھ وٲلِتھ سوار کھینہٕ رٕ۔ کرِ کچھ ٹُھل لاگُن۔

تُل ع۴۔ ن۔ مؤل۔ تُل < س: تُلنہٕ۔ تُل √۔ ۱۔ کُنکی زٕ زور بڑگ یا پوش بیترِ یکہٕ وَٹہٕ ٹھۆنِتھ یا ٹھیٹھے کینہٕ وَرتہٕ کم ہُکھن۔ م ع۱۔ پوشہٕ تُل، ہاکہٕ تُل۔ سوٗزلہٕ تُل بیترِ۔ ع۲ گاوٕ نژاوتہٕ گاسہٕ تُل کھنڈر۔ ۲۔ کَرٹ۔ کٹ (گاسِچ بیترِ) ۳۔ زبُٹھ ڈنھر، زَرٕ رٕیوٗمٹ ڈنھر۔ "تُلی" جمع۔

تُلی پیرٕ ہِنی۔ تُلی پیٹرٕ ہِنی۔ (آہِشری

آسنہ کنی) فو صنوّل تہ غار
صنوّرورّی کامہ پتھ وقت
راوِڈن ۔ ئلی کنہ غار صنوّرورّی
کامہ پتھ وقت گساؤن ۔
اُرِ سَرِ تہ کو نجہ کرِ ینہ ۔

**تُلی پلینی** ۔ (ل ۔م) گاسہ تُلی پلناوِ ڈِ ۔
اَصل تہ صنوّرورّی کام تراوِتھ
(کہالتہ کنی یا آلتہ ی آسنہ
کنی) اور یور جَن کامن پتھ
وقت راوُڑن ۔ اَصل کام
تراوِ تھ فو صنوّل کامن سیتی
ژھر کھُ ڈِ ینی ۔

**تُلی ژارِ ڈِ** ۔ (ل ۔م) گاسہ تُلی اکر اکہ
سوّمبر ڈِ ۔ ژھر کھُ ڈِ ینی ۔
سَبھٹا سوّت سوّت کام
کرِ ڈِ ۔ آلتہ ی لاگُن ۔ کایل
لاگُن ۔ کام کرن وِنہ کابُن ۔

**تُل ۵** ۔ < س: تُولِہ] دوِ ری وانس
تُکس منز ئہ مِڑ (شیشہ)
سَلے پتھ بیٹھ بیر رچھ لدان ۔
(ٹمک = اکہ قسمک شکل) ۔

**تُل برُن** ۔ تُلس بیٹھ بیر لدُن ۔

**تُلر** ۔ ن ۔ مؤل ۔ تُلر < س: تیلاٹی ۔
جنگلی تُلرِ گیوڈ ۔

**تُلر پینی** ۔ (تُلرِ ٹوپو سنی) بمبر

وو نفِنی ۔ بمبر پینی ۔ سبھٹا (تُلرِ)
ٹوپہ لگنہ ۔ ۲ ۔ (ورگہ یا کھی)
بمبر لگنی ۔ سخ پریشان گژھُن ۔
۳ ۔ باشر پینی ۔ ۴ ۔ گلی ڈِ ینی ۔
(کُنہ نشہ) دوُر ژلُن ۔ ویتہ
وو کھُن ۔

**تُلاکوٹ** ۔ < س: تُلام کوٹہ ۔ ۱ ۔ بجہ ژکہ
ہشر ڈنڈ ۔ کنڈ ج ڈنڈ ۔
۲ ۔ ئڑ تڑ کہ کنڈ (لل واکھ)

**تُلائی** ۔ مؤل ۔ تُلان < س: تُل کرنہ
صلا جیتھ ۔ ۱ ۔ پیچ سپھُر تی ۔
اُنھک ژو تریر ۔

**تُلائے** ۔ م ۔ مؤل ۔ تُلائے < س:
تولہ و نی] یوژ لیف ،
رضائے بیتر ۔

**تُلچ** ۔ لو کٹ "تُلک" کِنز پُور (لو کُٹ)
کھینہ بانہ ۔ بہ جچھ ٹوار ہیوہ
آسان ۔ "تُلک" لفظک
ژھع ٹُر ۔

**تُلہ نزاو** ۔ (ل ۔م) تُلن تہ پتھر تھوّن ۔
تُلہ تال ۔ وو تھنہ بیٹھ ۔ بوزِ
شوژ ۔ وُطیر (کتھہ یا کھرِ یا
چیزن ترتیب دِنس منز) ۔
وُچھو "تُلہ تال تھوّ ڈِ" تہ ۔

**تُلہ تال آسنی** ۔ مَرن وِنہ سَسنہ لگنہ کنی نیر

زٕنگہٕ ٹرٕ تھ دِنہٕ۔

**ٹُلہٕ نال تھوٚنۍ۔** بوزٕ شوٗژ کرِتھ کام حِسابہٕ
حِسابہٕ کرٕنۍ۔

**ٹُلہٕ تاج۔** < س: ٹُل -۱۔ پتھے وِوتھن
تہٕ بٕہِن -۲-(وَرگہٕ) پٕرِشس۔
ژھرٕ تہٕ ژھرٕ ٹھ (خاصکرٕ تھ
ژہیر بیمارِ ستٕنہٕ) وۄتھِ ہیٚٹھ۔

**ٹُلہٕ تاج لگنۍ۔** وُچھو "ٹُلہٕ نال آسنۍ"۔

**ٹُلر، تلر۔** م- موٚل - ٹُلر < س: تیلاٹی۔
۱- اکھ وُچھوٗن ٹوٚپل کیوٚم -
۲- سُہ وُچھوٗن کیوٚم یُس
ماچھ ہیران چھُ۔ (اُمِس چھ
پوشہٕ ٹُلرہٕ وَنان) - ۳-
(وَرگہٕ پاٹھۍ) تیز زنانہٕ،
یوسہٕ کنہِ ہیٚٹھ ٹُچھنہٕ
رٕنبہٕ - بدمِزانہٕ تہٕ لڑایہِ گرٕ-
زٕ ج۔

**ٹُلرِ اول۔** ٹُلرہ بن ہشنرٕ روزن جاے۔
ٹُلر چھےٚ اول ترژھ جایہٕ
(یِژہٕ پاٹھۍ پٕشہٕ چہ نہٕ ٹُل)
بَناوان ییتہِ نہٕ واوُک یا
روٗدُک بیترِ خطرٕ آسہِ
تہٕ یوٚت ہے وایہٕ پاٹھۍ ریتھ
گژھہِ ہنہ ہکن - اکثر چھےٚ
ٹُلر اندری کنی لوٚکٹ لوٚکٹ
خانہٕ پٹھنہٕ روزنہٕ باپتھ بَناوان۔
ییٚمِس سو بوٚنتھ ڈلاٹھ آسِس
چھ "گَن" وَنان -م، بوٚنبرٕ گَن-
ماچھ گَن۔

**ٹُلہٕ کتر۔** ن- موٚل- ٹُلہٕ کتر < س:
تَلَ + کٹھُور- سِشٹھنہٕ سیٚتۍ
آبَس یا شیٚنَس لیچ مِژگہٕر۔
کھٹہٕ کوٗشس - سِشنرٕ-لوگمُت
آب ، شیٚن ہینٕرٕ۔

**ٹُلہٕ کترِ وعمارتھ۔** (ل۔م) سُہ تامیر
یُس ٹُلہٕ کترس بَناونہٕ آسہِ
آمُت (یُس تاپھ یا ترٕر
ڈیشی نکھے وہیگلِ) (وَرگہٕ)
ناپاسے دار- یتھ نہٕ دٕرہٕ
آسہِ- نہٕ پوشہِ ژون -

**ٹُلہٕ لاش۔** ٹُلہٕ ہیشٕڑ - رتہٕ ہیشٕڑ ہیہٕ
گُلِن کھسان چھےٚ۔

**ٹُلہٕ مل۔** گانڈرٕ ٹلی کنہِ اکِہ آستھاپیٚنک
ناو، ییتہِ راگیا بگوٚتی ہشنرٕ
تھاپنا چھےٚ۔

**ٹُلہٕ موٚرِ ہشنرٕ نٕنہٕ۔** (وَرگہٕ) سخ خوف - کُنہِ
چیزُک لرزٕہ یا اٰہر [ٹُلہٕ موٚرِ
سیٚتۍ آسی سٕثرہ بن لایان
تہٕ اکِنۍ اُمِس تمن سوہ وُچھتھے
تھرٕ وۄہ کھان] -

ٹُلُک - ن - م - ٹُلُک ح أ س ہ: ٹُلکہ - کھینہٕ باپتھ کنٛز یو بوڑ ٹوٗر ہیوٗہ باپژ -

ٹُلُن - ن - ہوٚل - ٹُل ح س: ٹُل - ۱- ہیٚتھر ہیٚتھ کینٛہہ تھوٚد کھارُن - ۲- تھوٚد ژٕھنِتھ تھوٗن - م، اَتھہ تھوٚد ٹُلُن - ۳- تھوٚد کھارُن - تھٔزراوُن - بُلند کرُن - ہیٚور کھارُن - ٹیڈراوُن - تیز راوُن - م، ربہٕ ٹُلنی - بُربہٕ ٹُلنی - ۴- (نیٚندرِ) وُزناوُن - بیدار کرُن - ہوشیار کرُن - (۵) (ربس بہتھ یا شوٚ ژگنھ آسہِ سٕہ) اِستاد کرُن دوٚدنی تھوٗن - ۶- (کأنسہِ زیر زیر کرِ ئ نی - وَدنس کھارُن - کھٕنی کھٕنی کرِ ئ نی - ۷- یَتھن ہال کرِتھ شُر - ( تھٕتن آج) مہرازٕ بناوُن تہٕ اوٚبور پھروِتھ انُن - (یہِ چھُ اکھ شُر رسم) م - دشمن ہیٚتھ نارُن - ۸- نقل کرُن - کُنہِ ہیٚتھ نارُن یا بھرِن - م، ہیٚتانہِ کِتابہِ ہیٚتھ ٹُل - ۹- (کانٛہہ) بیٚتوسٚت بیٚتھ آباد کرُن -

یَس ہٕز کانٛہہ صوٗرتھ آسہِ سٕہ ہیٚتھ یا ہیٚر جاکرُن - بَجا کرُن - ۱۰- کم کرُن - موٗٹھ کھسنٛد ٹُلنی یا ٹُلِنھ تھاوِ ئ - اَڈٕہن ہیٚتی یا کاسنی - م، نَم ٹُلُن - اَلگ کرُن - ہوٗن کرُن تٕہ ژٕھنِتھ نیُن - م، دٕہن ٹُلُن - ۱۱- دوٚہ کھہ یا اتہٕ نِشہِ کانٛہہ گڈُن - ۱۲- کانٛہہ تھیٚتھی بار اِستعمال کرتھ باپتھ اَتھس کینٛہہ رٹُن - ۱۳- ژٕھنِتھ نیُن - گرفتار کرُن - ۱۴- جایہِ ہیٚتھ ڈالُن - نوکری نِشہِ اَلگ کرُن -

**ٹُلِنھ تھوٗن** - ۱- (کُنہِ جایہِ ہیٚتھ ٹُلِنھ بیٚیس جان جایہِ) سمبالِنھ تھوٗن - مُناسِب جایہِ تھوٗن - شیرِتھ تھوٗن - ۲- رٕژھرِتھ تھوٗن - اَتی تھوٗن - بیٚیس دوٚہس ہیٚتھ تھوٗن - ۳- کُنہِ جایہِ یا عُہدس نِشہِ اَلگ کرُن - موقوف کرُن - ۴- بالایہِ طاق تھوٗن - جواب کرُن - توٚتھ تڑُن - م، اَمی چھےٚ کرُنام کَشرم ٹُلِنھ تھوٚوِمُت - ۵- جیل نیُن - بانٛدی وان لدُن -

ٹُلہٕ ٹُل ۔ ٹُلُن ہتہٕ ٹُلُن ۔ گرِ گرِ تھوٗد ٹُلُن چیزن اوٗر پور ڈاینچ ماند ۔

ٹُلہٕ وٗتی ۔ م ۔ سٕوال : ٹُل > س : ٹُلہٕ + پَتیٖہ ۔ ۱ ۔ کینٛہہ ٹُلنچہٕ ہارہٕ (بوٗ بہتر) ساد ہٕنچ سوٗزوٗری ۔ اَکہِ جایہِ بیٹھ ییٚس جایہِ کانہہ چیز دااتسادِ ہنٛچ سوٗزوٗری ۔ م، سامانہٕ ٹُلہٕ وٗتی ۔ ۲ ۔ کینٛہہ چیز دوٗر یا ختم کرنہٕک خرچ بیٚنہ ۔ م، دوٗکھ ٹُلہٕ وٗتی ۔ تکھیچھ ٹُلہٕ وٗتی ۔

ٹُلے بوٗ نگُن ۔ اَکھ ستٕری گیٖندُن (یہ چھ پیٚتہٕ یا ٹھکی بوٗ کیچھ بوٗ کیچہ کوٗر گیٚنداں) ۔ اَتھ کھیلس منٛز چھیٚپے کوٗرہٕ ہتہٕ کوٗرہٕ اَکھ ۱ کِس سیٚتی تھف رٹھِتھ نالہِ وتھ وارِ وارِ اَکھ ۱ کِس تھوٗد ٹُلان تہٕ وَ کھنے گران ۔ یہ ناو چھُ اَتھ امہِ کنہِ بیوٗ مُت تہٕ کیاز کوٗرِ چھیٚپے گیٚنداں گیٚنداں وَٹُن وَنان تہٕ پیٚتہٕ تھوٗد وٗتھہٕ پَتہٕ وَنان "ٹُلے بوٗ نگُن" جواب چھُس بوان "ٹُلان چھُس" ۔

ٹُل یُکو وو تھ زَلو ۔ یہ چھُ تمہِ وِزِ وَنان ییٚلہِ کانہہ بلایہِ یا ٹُھپنھ وُچھنھ نہٕ ہیکنہٕ کُنہ سوٗرُ سے اَتی تزاوِ نہٕ مقابلہٕ کرِ نہٕ یا ییٚلہِ کانہہ زلہٕ زُل گژھِ ۔

ٹُمارہٕ ۔ ن ۔ سٕوال ۔ ٹُمار > م ۔ اَکھ کلہٕ وٗس یہ چھُ ژُنٛدر ہیوٗہ یا ژُر کوٗ نچل آسان ۔ یہ چھُ ڈوٗکس بیٹھ لاگنہٕ یوان ۔

ٹُمارہٕ کُلیُش، کلہٕ پوشش ۔ سوٗ ٹاج یتھ ٹُمار ہتگہٕ لاگنہٕ آسان چھِ ۔

ٹُمپج ۔ م ۔ سٕوال ۔ ٹُمپج > س : ٹُمبکہٕ ۔ م ۔ ٹُمپج ] پڈٕ نحاصکرِ تھ شُری سٕنٛز ۔ بشُدرِ ۔

ٹُمپج ہنی ۔ پڈہنی زنحاصکرہ سٕشرس) ۔ شکم سیر سپدُن ۔ بوٗ چھِ زِہنی (کینٛہہ کھینھ) ۔

ٹُمن ۔ سیٹھا ٹیٚک تہٕ اَندرِ ہٕمل سوٗ ہیتھو ۔

ٹُمبکھ نار ۔ م ۔ سٕوال ۔ ٹُمبکھ نار > س : ٹُمبکہ + ناڑی تہٕ اَکھ کوٗشر (واجُنک) ساز ۔ یہ چھُ زِیٚٹھ گرِ دن کرِتھ نار ہیوٗہ آسان یتھ ژُرکس لبنہٕ لاگِتھ آسان چھیٚپے ۔

ٹُمبہٕ ۱ ۔ ن ۔ سٕوال ۔ ٹُمب > س : ٹُمبہٕ ۔

اَکہِ قِسمُک اَلہٕ گَگُر (یَتھ مَنٛز فُقیٖر بینٛزِ آب ساران کَران چھِ)۔

**تُمبہٕ ۲** ۔ ن۔ مؤل۔ تُمب < پٔراکرِت: تُنٛبہٕ او < س: تُنٛبہٕ ۔ ۱۔ لوٚہ بہٕ ہُشد اَکہِ خاص قِسمُک گَلہِ کھوٚل گَڈو ۔ لوٚٹنی ۔ ۲۔ سہٕ ہینٛگ بینٛزِ بیٚیمہِ عہ سِتی علاجہِ باپتھ چار یٚنٛدٕ سس رَتھ چھُ گَڈٕنہٕ یوان ۔

**تُمبہٕ وٲر** ۔ اَکہِ قِسمُک سَگہٕ وور، یہٕ چھُ گَلس نِش ژٕکہِ کھوٚتہٕ تنٛگ آسان ۔

**تُمبہٕ وور** ۔ گَلہٕ تہٕ ژٕکہِ اَکی کھجرٕ (اَکہِ قِسمُک) سَگہٕ وور ۔

**تُنٛبہٕ** ۔ < س: تنہ؟ ] زِکی تو ملہٕ پھلی ۔ سیٚژر ۔ ژال ۔

**تُنٛد** ۔ مؤل ۔ تُنٛد < ف: تُنٛد ۔ (مِزاز کِنی) وؤل ۔ تیز طبع ۔ ہیٚنگہٕ دوٗد ۔ تُرٛوٗشش ۔ یَس ژٕولی خَشم یا ژٕکھ آسہِ کھسان ۔

**تُنٛدی** ۔ م ۔ مؤل ۔ تُنٛد < ف: تُنٛدی ۔ ۱۔ تیزی، پھُرتی، جلدی، وُتاوٕلی، بانٛبرٕ ۔ توٚہ تُمبلی ۔ ۲۔ سختی (دادِ بیٚنٛزِ ۳۔ طیش، تو، ژٕکھ ۔ بہ طبی ۔ یٚنچ تیزی، گرٕ [illegible] ۔ وو جرٕ ۔ ترٛہ شرٕ ۔

**تُنٛدُن** ۔ مؤل ۔ تُنٛد < ف: تُنٛد ۔ (وَرگہٕ پأٹھی) تتُن ۔ گرٕمُن ۔ ووشُن ۔ تیزُن ۔ ژٕکھ کھسُن ۔

**تُنٛدرٕ** ۔ مؤل ۔ تُنٛدرٕ < ف: تُنٛد+ار ۔ ۱۔ تیزی ۔ پھُرتی ۔ ۲۔ تیزی ٔ زیادتی پٔتہِ بشدٕ کھنہ آسنہٕ (دادِ دَگہِ ہنز) ۔ ۳۔ دُرٛوہ جرٕ ۔ قیمتَن ہُشد کھدُن ۔

**تُہُشد** ۔ < س: تُند ۔ ۱۔ چون (یہ چھُ یزنہٕ سان کأنسہِ "چون" بدلہٕ وَننہٕ یوان) ۲۔ اَکہِ کھوٚ تہٕ علاوٕ شخصَن ہُشد ۔

## توٚ

**توٚ** ۔ < آوازِ بیٚٹھ ۔ یہ چھیٚے اَکھ آواز یُس سہٕ شُری گِندنہٕ پأٹھو اَکھ اَکِس کَنَس تَل کَران چھِ ۔

**توٚبرٕ** ۔ ن ۔ مؤل ۔ توٚبرٕ < ہ: توبڑا ۔ < س: پٔرو تھَ (پھرتھ)] اَکہِ قِسمُک ٹھیلہٕ یَتھ اَندرٕ گُرٕ گَلہٕ تَراوِ تھ دانہٕ چھُ کھوان ۔

**تۄ تیا۔** ن۔ مؤل۔ تۄ تیا < ع : تُو تیاء۔ نِلہٕ تھوتھ۔

**تۄ تیا کَرُن۔** جُنبک ٹیک کَرُن۔ ریزہٕ فاہٕ کَرُن۔ پیشتی پیشتی کَرٕنی۔

**تۄ تی (تِنتی تی)۔** کوکَرین تہٕ پُوتَین آکو کَرٕنیچ آواز۔

**تۄ تی زیو۔** تَرِچہٕ کَتھہٕ۔ کَتھہٕ یِم جَل جَل کَرنہٕ یِن (آما پوٗز) بَرمُحَل تہٕ مُناسِب آسَن۔

**تۄ تی زیوٗل۔** تیز تیز کَتھہٕ کَرَن وول۔ اَکھ سِہ شاہَس مَنز سیٹھا کَتھہٕ کَرٕ دُن۔ یُس تُرُک بولِہٕ۔

**تۄ تی لَمبکھ۔** ن۔ مؤل۔ تۄ تی لَمبکھ < س : تَنتُڑ + لَمبکَ = زیٹھ زایٹھ۔ زیٹھ داستان یَیمہٕ مَنزٕ کَتھہٕ مَنز کَتھہٕ بنَن۔ زیٹھ ڈیٖل۔ سو ڈیٖل یا کَتھہٕ یَتھ تہٕ سَہل سَہل اَند واتہٕ۔ (کاٗشُر ہُش) دَنا سپر۔ داٗدی کاٗگر۔

**تۄج۔** مُنی مِتھر پیٹھ۔ م، ہینگہٕ تۄج۔

**تۄدٕ۔** ن۔ مؤل۔ تۄد < ف : تودہ۔ ۱۔ ڈیر۔ اَمبار۔ اَمبیر۔ بوٗن۔ ۲۔ سہ بوٹھ یا لُبر ییتہٕ یَتھ نَل جاند مارٕ کَرتہٕ بیہہٕ گولہٕ چلاوتہٕ، ہیچھناوتہٕ یِن۔

تۄدٕ کَرٕنی۔ ڈیر کَرٕنی۔ اَمبر کھارٕنی۔ گِنکی اَمبار کھارٕنی۔

تۄدٕ گَنڈٕھنی۔ اَمبار کَھسٕنی۔ ڈیر گَنڈٕھنی۔ اَمبر کَھسٕنی۔ ۲۔ سیٹھا بِقدارَس مَنز (کاٗشہِ چیز) جَمع گَنڈٕھنہٕ ڈولُن۔ یود کھَسُن۔

**تۄر ۱۔** مؤل۔ تۄرٕ اَکھ جاناوار یُس کَلَس وۄزُل تاج ہیوٗ چھُ آسان۔

**تۄر ۲۔** م۔ مؤل۔ تور < س : تروٹک۔ چھانہٕ شُند اَکھ تیز ییتہٕ دار ہتھی یار یَیمہٕ سِتی لَکہٕ گرتہٕ یا ڈلہٕ چھٹے یوان۔

**تۄری۔** تِتھی جایہ۔ تیاری۔ تَمی طرفہٕ تَمی اَندٕ (نتیجہ کَتھ آسہٕ چَلان)۔ تۄٗت تہٕ۔ تیاری تہٕ۔ تَتھی طَرفَس کُن۔ بِلکُل تیاری۔ تَمی اَندٕ۔ ییتہٕ آو تۄٗت۔ م، رۄہ ییہٕ سۄزٕ بۄسس تۄری وٗاپس۔

**تۄری دِیُن۔** ۱۔ (ل۔م) یُس نِش یا ییتہٕ ییتھہٕ اوٚ نَمت آسہٕ (کاٗشہِ چیز) تۄری نیُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ یا ہَٹی) واپس دِیُن۔ واپس کَرُن۔ پھیرتھ دِیُن۔

اَتھ بیٹھی واپَس کَرُن (کانٛہہ چیز)

**تۆرٕ ی رٹُن** ۔ نیوٗمُت پَتہٕ واپَس سوزُن ۔ واپَس پَتہٕ دِیُن ۔ پانٕسے نِش رٹُن یا کھیوٗن ۔

**تۆزٕ** ۔ اَکھُن تہٕ کھۄرن ہٕشُن اوٚنگجن ہٕشدی ٹیٚنٛڈی ۔

**تۆزٕ ٹٕلِنٛی** ۔ (ل۔م) ٹیٚنٛڈی ٹٕلِنٛی ۔ دُم ٹٕلُن ، کٔرِتھ نادٕ ٹٕلُن یا سنٛخ دبارٕ کَرُن ۔

**تۆز ۄہ کھٕنٛی** ۔ کُنہِ کَتھِ پیٹھ کٔرِتھ ناد ۄہ کھٕنُن ۔ دُم ۄہ کھٕنُن ۔

**تۆسی** ۔ ن ۔ مۆل ۔ تۆس [؟] سہٕ رٔنٛگ یُس توسَس چھُ آسان ۔ توشُک ، ہیۄہ رٔنٛگ ۔ سۄری رٔنٛگ ۔

**تۆل** ۔ ن ۔ مۆل ۔ تۆلٕ < س : تولہٕ ۔ پھمب ۔ سِتھر ۔ (م) تۆلہٕ پَرٕ یا ٹَنٛک ۔

**تۆلہٕ** ۔ وَزنہٕ کُنی ۔ وَزنہٕ تٕلہٕ ۔ (م) ڈا سے پوشہٕ تۆلہٕ ۔

**تۆلی تۆلی کَتھ کَرٕ نہٕ** ۔ ۱ ۔ بوزٕ شوزٕ کٔرِتھ کَتھ کَرٕ نہٕ ۔ گۄہ بہٕ گۄہ پَتہٕ کَتھ کَرٕ نہٕ ۔ مُدبِر پاٹھی کَتھ کَرٕ نہٕ ۔ ۲ ۔ نٔنٛخٕ کٔڑی کٔڑی کَتھ کَرٕ نہٕ ۔ کاکٕ گی سالہٕ کَتھ کَرٕ نہٕ ۔

**تۆن** ۔ ن ۔ مۆل ۔ تۆن < س : تُنٛڈٕ ۔ ئیڈٕ ہُنٛد سُہ حِصہٕ یتھ زیٚنہٕ وِزِ نان تَرٕ ٹھٕ چھیٚنے پوان ۔ ناف ۔ (کیٚنٛہہ لُکھ چھِ "تۆن" بدلہٕ "تۆن" تہٕ وَنان) ۔

**تۆنی** ۔ اَکِہ قِسمُک یارِ گُل ۔ اَمِیچ ئٔکرٕ چھیٚنے ۄہ زجارٕ سان آسان ۔

**تۆنٛج** ۔ ڈُنٛز ۔ م ، شالی تۆنٛج بیتر ۔

**تۆنٛگ** ۔ اَکِہ کُلِک ناو ۔ یہ چھُ زانٛگلی زاتُز ہُنٛد اَکھ گُل یُس مَزارَن مَنٛز آسان چھُ ۔ اَتھ اَسی یتھ کالِہ کَماتہٕ بَناوان ۔

## تۆ

---

**تۆبٕرُک** ۔ ن ۔ مۆل ۔ تۆبٕرُک < ع : تَبَرُّک ۔ ۱ ۔ بُزرگانہٕ دیٖنُن ہُنٛدی بَرکَتہٕ دار چیز یِم کانٛسہِ نِش یا کُنہِ جاے (اَستانَن بیتر مَنٛز) زیارَژ خاطرٕ زٕ ھراونہٕ آسن ۔ ۲ ۔ تعوید ۔ سُہ چیز (مِقدارٕ کِنی کَم) یُس کُنہِ اَستانہٕ یا بارٕ ژٕ مَجلِسہٕ مَنٛز اعتِقادٕ مۆجوٗب

رٔٹنہٕ ییہِ - یہِ مُنتظر کھ تہٕ پاکھ
مانٛنہٕ ییہِ - کُنہٕ مذہبی مجلسہِ
منٛز پیرِ متہِ کُنہٕ چیزٕ منٛز
رٔژھ کھشٹھ - ۳ - (وٕرگیہ)
نایاب - نہ ییٛنہٕ ووٗن غنیمتھ -
م، یہنٛدِ ہوی نٔژرِ گ چھ
وونی توٗ بُرک -

**توٗت ۱** - ن - مؤل - تَت (س: تپتہٕ)
پراکرِت: تنتہٕ - ۱ - سخ گرٕم -
۲ - کٲم کرٕ ووٗن - سرگرٕم -
۳ - تُند مزاز - تیز مزاز -
یُس وٕلی ژکھ آسہِ کھسان -
وول - ۴ - نارِ توٗت - دزن
آکھ - یدمُنک سُہ آکھ یا
نِشانہٕ یُس دزنہٕ پتہٕ روٗدمُت
آسہِ - (۵) سُہ فقیر بیترِ
یُس تنٛنے کراماژ کرِ - توٗتے
ونان آسہِ - ۶ - تُژرِم ہتٕرجاے -

**تنٛنہٕ پھوٗ** - توٗت شاہ - گرٕم شاہ
(یُس آسہِ کُنہِ ییہِ تراوُنہٕ) -

**تنٛنہٕ پھوٗ کرٕ ووٗن** - (سُہ کھینہٕ چیز بیترِ
یہنٛدٕ پاہ وو نقصان آسہِ -
سیٹھا توٗت - سیٹھا
گرٕم - یہنٛدٕ اکھٕ لاگنہٕ اکھے
دزِ - گژھِ دِووٗن -

**تنٛنہٕ تاو** - (وٕرگیہ) گرٕمہٕ کراے -
سیٹھا گرٕم -

**تنٛنہٕ تاو کرٕنی** - سخ گرٕم کرٕن - گرٕمہٕ
کراے کرٕنی - تاپس منٛز
زالُن - تاپہٕ زالُن - کانٛسہِ
تنٛنہٕ تاو کرٕنی -

**تنٛنہٕ تاو گژھٕنی** - ۱ - سخ گرٕم باسُن -
گرٕم پوٗرُن - ۲ - (تنٛنہٕ زٔنہٕ سیتی)
بدن زن زان آسُن -

**تنٛنہٕ خانہٕ** - ۱ - گرٕم کوٗرٕٹھ کمرٕ -
گرٕم وومُت کُٹھ - حمام بیترِ -
۲ - سُہ کُٹھ یُس تاونہٕ آسہِ
آمُت تہٕ ییٛتہِ مُجرِم بیترِ سزاہہ
یا کھٔر کھوٗنہٕ ییہِ -

**تنٛنہٕ کان لاگُن** - (چار وٲنیُس پھُٹِنچ
جایہِ یا بھیبھرس بیترِ)
دزوت لاگُن -

**تنٛنہٕ وونی** - گژھِ دِووٗن آب - گرٕم آب -
رٕسُر - بُسر -

**تنٛنہٕ ہار** - آب وُشناوِنہٕ باپتھ اکھ
بانہٕ یہنٛدٕ سماوارِ کی یا کھٔر
منٛز باگ نور آسان چھُ،
یہنٛدٕ منٛز بتوٗ گُل تراوان
چھِ تہٕ آب چھُ تُتان -

**تٔنٛزِ تاوِ لگُن** - ۱ - تاپہٕ ژنجِ لگُن -

۲- ( وٕرگہٕ پاٹھی ) سِتمس لگُن -
تاوٕنس لگُن -

**تۭنزٕ کنترٕ ہیٚنزٕ** - ( کانٛہہ کام بیترٕ کرٕنۍ )
ہرگز نہٕ مانٕنۍ - نکار کرُن -
وُچھو "تۭنزٕ کنہٕ ہیٚنزٕ" -

**تۭنزٕ کنہٕ ہیٚنزٕ** - ( کینٛہہ کرنہٕ وزِ ) گلہٕ دِنۍ -
نوز نوز دِنۍ - کانٛہہ کام بیترٕ
کرنس نکار کرُن - ہرگز نہٕ
مانُن یا منٛٹہٕ ہیوان ( کینٛہہ کرُن ) -
کھوٗسِتھ اَتھس کینٛہہ جواب
دِیُن -

**تۭنزٕ کلہٕ پیٚشٕنۍ دِنۍ** - وُشناوۍ وُشناوۍ
ٹوٗپہٕ گلس دِنہٕ - تۭنزٕ تھٕ بیترٕ
ٹوٗپہٕ گلس دِنہٕ ( یہٕ اوس
کینٛہہ کالہٕ عِیدٕ داد ٹیٚک علاج
گنٛزرنہٕ یوان ) -

**تۭنزٕ تاو** - ( ل-م ) تۭنیٚمٕژ تاو - تۭنزٕ کڑاے -
( وٕرگہٕ ) ( رینٛنہٕ کاپچ ) تاپہٕ
کڑاے ، ناپہٕ ژٕنٛڈٕ -
سیٹھا توٗت تاپھ -

**تۭنزٕ کنترٕ پلہٕناوٕنۍ** - ( نس کانٛسہٕ شخصہٕ
سِنٛزٕ نس نِش نہٕ نوقعہ
آسہِ ) جالسازی ورتاوٕنۍ -

**توٗت آسُن** - ۱- ( کانٛہہ چیز ) گرٕم
آسُن - کُنہٕ چیزس تۭنزٕ
آسُن - ۲- ( دٕرویشہٕ بیترٕ سُنٛد )
گرٕم آسُن ، واٹِتھ آسُن -
جان پاٹھۍ آسُن ۳- باوٕ آسُن -

**توٗت تُرُن** - ( ل-م ) گرٕم سَرد -
۱- ( وٕرگہٕ ) جان ناکاپہٕ - غم تہٕ
خوٗشی - ۲- ( بَتہٕ بیترٕ ) اوٗڈٕ
توٗت تہٕ اوٗڈٕ تُرُن - تُرُن بَتہٕ
نہٕ وُشُن سیٚتُن یا وُشُن بَتہٕ
نہٕ تُرُن سیٚتُن - ۳- ٹیٚتھ تیٚتھ
( بَتہٕ بیترٕ ) -

**توٗت تُرُن ژالُن** - ( زِندگی منٛز )
سَرد گرٕم ژالُن - خوٗشی تہٕ
غم بَرداشت کرُن -

**توٗت تُرُن گژھُن** - ۱- اوٗڈٕ تُرُن تہٕ
اوٗڈٕ وُشُن ( بَتہٕ بیترٕ ) کھینہٕ
سیٚتۍ بیمار گژھُن - ۲-
( وٕرگہٕ پاٹھی ) ناپہٕ بیترٕ گژھُن -
کانٛہہ چیز تہٕ وُین - آم ڈام
گژھُن -

**توٗت رٕپس ہیوٗہ** - تۭنزٕ پھوکرٕ وُن -
سیٹھا توٗت - سیٹھا گرٕم -
گرٕ کرٕ دِوُن -

**توٗت کھیٚوان** - تاپہٕ توٗری کرٕنۍ - بیٚژُن
پیٚرارُن نہٕ - تاب نہٕ کرُن -

**توٗت وٗنُن** - توٗ نٕے توٗ نٕے وٗنُن -

توّت ع٢ ۔ مؤل۔ تت < پراکرت: تتہ + تت √ = س : تتر] تور۔ تنتھ جابہ۔ توّتنس۔ تیاری۔ تنتھ طرفس۔ تنتھ علاقس۔

توّتنتھ، توّتنتھ۔ توّ نس۔ تنتھ جابہ (زش)۔ تور (بیٹمہ جابہ ہشر کنتھ چلان آسہ)۔

توّت تام، تاتی۔ ۱۔ تنتھ جابہ تاتی۔ تورتام۔ توّتنس تام۔ توّ تنتھ تاتی۔ ۲۔ تنتھ وقتس تاتی۔ تینتس کائس (بیٹمیچ خبر آسہ یا اندازہ آسہ) تینتس وقتس تھنتر یا تینتہ وقتہ یا پتھ۔ ۳۔ تنتھ درجس تاتی۔ م، توّت تام تھون نہ کانسہ خبر پوّت تام ہٹس بیٹھ وا ئنتوون۔

توّحفہ۔ ن۔ مؤل۔ توّحفہ < ع: تحفہ نذرانہ۔ ڈالی۔

توّحفے توّبرک۔ (ہزلہ کنی) نہ یہ نہ کنہ بنہ۔

توّحمل، تحمل۔ ن۔ مؤل۔ توّحمل < ع: تحمّل] تاب۔ برداشت۔ صبر۔ ژپڈ۔

توّس۔ (ہیر موّجوب) اونگجہ ہشد کھجر۔ اونگجہ یوتا کھجر۔

توّل ع١۔ ن۔ مؤل۔ توّل < س: توّلہ۔ ۱۔ پچھبہ ورآسے رضاسے۔

توّل ع٢۔ < س: تلہ؟ جسمک ترہ کانہ تلک حصہ۔ ہوّل۔
تلی دود۔ کانہ دود۔ گوردن ہشر اکھ بیماری بیٹمہ عہ ستی ہلین دگ چھپے کران۔ نوّموّ نیا۔

توّل ع٣۔ گنہ ہشدا اکھ پاس۔

توّمل، توّمل۔ ن۔ مؤل۔ توّمل < س: تنڈلہ] دا نیچ گوج۔ (شہ پھل) تیس دانس منتھ نیر۔ یہ چھ اکھ اناج۔
توّملس منتر گنہ۔ ہتہ بیمنہ رنز ہارتزھا۔ نیستن سیٹھا کم خیال خالے۔
توّملہ ٹوّ سٹھ۔ توّملک اکھ ہشر۔ بپدا ہ سیر توّمل۔
توّملہ دل۔ داں دل تہ منتر دل پتہ تیس دل دانس منہ نہ وزہ دنہ یہ۔
توّملہ موّنڈ۔ گیوّس یا تیلس منتر توّلمت توّملہ ووّر۔ گیوّس یا تیلس منتر پاکہ آئی ہشر موّٹ توّملہ آنچ ز وّٹ۔ توّملہ یاج۔

**توٗملہٕ وٚڑ** ۔ توٗملہٕ آٹیٚک بنوو مُت وٚڑ ۔

**توٗمب ع۱** ۔ ن ۔ مؤل ۔ توٗمب > پراکرت: تمبو > س: ستمبھ ] پاٹھی بینز ۔ خیمہٕ ۔ چھولداری ۔

**توٗمب ع۲** ۔ ن ۔ مؤل ۔ توٗمب > م: ۲ ۔ تُومبا > س: تُمبنہ ۔ اکھ اندٕ بیوٗت ہیوٚہ کدٕ سِتھ بیٖریا چھمبہٕ سپر (کتیٖنز باہنٛز) ۔ ۲، چھمبہٕ توٗمب ۔

**توٗمب ع۳** ۔ وُچھو "تومبہٕ" ۔

**توٗمبرٕ** ۔ میٚنز یا لگرِ ہُشد بنوومُت سہ گول یتہٕ کھوکُھر گرِ ہیوٚہ بنیتھ اندر ماچھ گژھ چھُ آسان ۔

**توٗمبوٚرٕ** ۔ ن ۔ مؤل ۔ توٗمبوٚر > ف: تنبوٗرا سیٖتارس ہیوٚہ اکھ سازٕ اَمیُک توٗمب چھُ سارِوے سازو کھوتہٕ بوٚڈ آسان ۔ تان پوٗرٕ ۔

**توٗمبوٚری** ۔ توٗمبوٚر وایَن وول ۔ یُس توٗمبوٚر وایِتھ بیٚٹھ گُذارٕ آسہِ کران ۔

**توٗملہٕ گاسہٕ** ۔ سفید رنگہٕ پوشش کرِتھ اکھ گاسہٕ ذاتھ ۔

**توٗملہٕ گوٗسے** ۔ اکھ ژنڈُک ناو یُس سیٹھا وٚڑ آسان چھُ ۔

**توٗملہٕ ہاکھ** ۔ اکھ کچھ یُس ترلہٕ گوٗگلس منٛز کھسان چھُ ۔

**توٗن ع۱** ۔ وُچھو "توٗان" ۔

**توٗن ع۲** ۔ ن ۔ مؤل ۔ توٗن > س: تَنُہ ۔ ۱ ۔ ژاوٗتُل ۔ پتلہٕ ۔ توٗتوٗخ ۔ ہوٗکھمُت ۔ کمزور ۔ ۲ ۔ توٗنُک ۔ آوتُل ۔ زیرِ ہُشد ۔ ۳ ۔ آب ہیوٚہ ۔ سہ ترل چیز یُس یتہٕ موٗٹ آسہِ ۔

**توٗندوٚرٕ (توٗندرٕ)** ۔ ن ۔ مؤل: تندوٗر > ف / ع: تنوٗرا کاندرٕ منٛز نوکِٹ موکِٹ کوندٕ (توٗندرس چھُ گوٗل ژکرِ کھوتہٕ کھوٗل آسان) ۔

توٗندرس تکھہٕ کونٛڈل ۔ تتھ چیزس ستی مُقابلہٕ بنتھ یہٕ کانہہ ہشر آسہِ ۔

توٗندوٚرٕ (توٗندرٕ) ژٕرٹ ۔ توٗندرک کنترِ توٗڈوٗم کھٹا ندٕ ۔ داکتھ چھپے جان موچیرٕ ہن آسان) ۔

توٗندوٚرٕ (توٗندرٕ) ژوٚٹ ۔ توٗندرس منٛز پاکہٕ انٕ ہنٛز ژوٚٹ ۔ کاندری وانٛج ژوٚٹ ۔

**توٗنٛدی جہ۔** وُچھو "تُنٛدی جہ"

**توٗنٛز۔** اَکِہ قسمٕک بوٗل یُس ٹوٗپَن، کھسھہرَن بیترِ دَوا چھُ۔ (یہ چھُ شُمالی عَلاقو بیٚٹھ آنَنہٕ یِوان)۔

**توٗہمتھ۔** م۔ سوٗل: توٗہمت < ع: تُہمَت ] ہانٛژھ۔ توٗٹ۔ لانٛچھ۔ اِلزام۔

**توٗہمتھ کھسٕنۍ۔** توٗٹ یُن۔ لانچھ یُن۔ ہانژھ لگٕنۍ۔

**توٗہمتھ کھارٕنۍ۔** ہانژھ لاگٕنۍ۔ توٗٹ اَتُن۔ اِلزام دِیُن۔

**توٗہمتھ لگٕنۍ۔** لانچھ یُن۔ توٗٹ یُن۔ ہانژھ لگٕنۍ۔

**توٗہمتھ لاگٕنۍ۔** ہانژھ لاگٕنۍ۔ لانچھ اَتُن۔ توٗٹ تھوٗن لاگِتھ۔

**توٗہمتھ یِنۍ۔** اِلزام یُن۔ توٗٹ یُن۔ ہانژھ لگٕنۍ۔ لانچھ یُن۔

# تو

**توبہٕ، توباہ۔** ن۔ سوٗل۔ توب < ع: تَوبَۃ۔ ا۔ پچھتاوُن کیٚنہہ کرِتھ پتہٕ کَن رٹٕنۍ۔ پتھ روزُن۔ باز یُن۔ ۲۔ اِستغفار۔ ندامتھ۔ ۳۔ حارٕتھ گژھنس یا حسرتھ گژھنس بیٚٹھ تہٕ چھِ توباہ وَنان۔ ۴۔ توباہ یِہ بلایہ آسہِ وَنہٕ پُشنہٕ۔

**توبے توٗصوٗحا پرٕن۔** نوز دِنۍ۔ تراہے تراہے کرُن۔ نسنہٕ رکھ کرٕنۍ۔ کنَن تھپھ کرٕنۍ۔

**توباہ توباہ۔** یہ چھِ تمہِ وِز وَنان ییٚلہ کانٛسہِ ہنز زیٚو کانٛہہ ڈیکھٕر کتھ، بَد لحاظی ہنز کتھ بیترِ بوزان چھِ۔ مطلب چھُ آسان نجاتھ (خوٗدایا) خوٗدایہ چھِن اَستغفراللہ۔ تراہے تراہے۔

**توبہٕ تقصیر۔** توباہ توباہ۔ تقصیر۔ تقصیر [ یہ چھِ پتہٕ تہٕ گژھنس بیٚٹھ افسوٗس کھٕنہٕ وِز وَنان ]۔

**توبہ کرُن۔** ا۔ پچھتاوُن۔ پشُن۔ ۲۔ ناکارِ کامیو نِشہٕ پتھ روزنک وادٕ کرُن۔ پتھ روزُن۔ باز یُن۔ ۳۔ گوناہ بخشاونہٕ باپتھ اِستغفار کرُن۔ کانٛہہ اَتھر گژھِتھ تتھ نا فی منگٕنۍ۔

**توبوٗد۔** ن۔ سوٗل: توبوٗد < ع: تابوٗت۔ اِنسانہٕ سنٛدِ رادِ اَکِہ خاص طریقہٕ بناونہٕ آمُت سُہ ہچُھو صوٗندوٗق یتھ منز لڈتھ

سۄرٕ دٕس اَندٕ مزارٕ واتناوان
چھہ۔ سیمب۔ جنازٕ۔

**توبۄڑ گٔڈٕن**۔ ۱۔ سۄرٕ مزارٕس کُن
نیُن۔ (کانٛسہِ ہُنٛد) جنازٕ
گٔڈٕن۔ ۲۔ وُہوی وُہوی ختم
کرُن۔ تباہ کرُن۔ م،
ٹپ گٔڈٕز۔

**توبۄڑ نیرُن**۔ ۱۔ (کانٛسہِ ہُنٛد) جنازٕ
نیرُن۔ ۲۔ (ورگِہ) مرُن۔
بیٚیمہِ دُنیہِ یاہہ گژھُن (یہ
چھہ وُدٕ ہو تہٕ)۔

**توپھ**۔ م۔ موٗل۔ توپھ > ف:
توپ > تُرکی: توب۔ ۱۔
اَکھ جنگی ہتھیار۔ اَتھ چھہ
بُتھہِ نہٕ بیٚٹھی نارٕ ہوی آسان
بیمو مَنٛزٕ گولہٕ نیران چھہ۔ یہ
چھہ جنگس منٛز گولہٕ بارٕی کرنس
لگان۔ ۲۔ سۄ آوازٕ یُس
شورٕ گولہٕ پھاٹنہٕ وَنہٕ کینٛہہ بیٚیرٕ۔
ٹاس۔ م۔ ہتے یوٗت توپھ۔

**توپھہِ بُتھہِ دِیُن**۔ (ل۔م) توپھ ہنٛدِس
گَلس بُتھہِ تھٔوُن۔ (ورگِہ یا اٹھی
گُنہٕ بلایہ بُتھہِ دِیُن۔ (کُنہٕ)
وُلٹہِ تہٕ خطرناکھ کامہِ لاگُن۔

**توپھہِ دِیُن لایق**۔ (ل۔م) توپھہِ سٕتی
گاٹُن لایق۔ (ورگِہ یا اٹھی) کوہ پیٚچل۔
بدخاہ۔ ژٕذیلہِ سوٚہنیوٗ۔ یہ چھہ
ژکھہِ وِزِ تَس شخصس وَنان
یُس نہٕ یوٗرک بوزِ یا وادکرِ
یا اَرٕ اَنہِ۔ اَتھ جایہِ چھہ "توپھ
گنٛڈُن لایق" تہِ وَنان۔

**توپھہِ گوٚل**۔ توپھ ہُنٛد دہانہٕ۔ توپھ
ہنٛدِ نارٕ ٹیک دہانہٕ یتہِ پارٕ
توپھ نیران چھیٚے۔

**توپھہِ ترٛاوِنی**۔ ۱۔ توپھ چلاوِنی۔ توپھ
لاینی۔ ۲۔ شورٕ گولہٕ پھاٹنہٕ وُن۔
۳۔ کانٛسہِ سلامی دِنہٕ باپتھ
توپھ چلاوِنی۔

**توپھ نمانہٕ**۔ ۱۔ توپھ تھٔونچ جاے۔
(سۄ جاے) یتہِ توپھ آسن
تھٔونہٕ یوان۔ ۲۔ سۄ عملہٕ
یُس توپھ ترٛاونس بیٚٹھ
(مُقرر) آسہِ۔

**توپھہِ لاینی**۔ (کانٛسہِ یا کُنہِ) توپھہِ سٕتی
گولہٕ لایُن۔ توپھ چلاوِنی۔
۲۔ (ورگِہ یا اٹھی) (کانٛسہِ
بڑوٚنٛہہ کُنہِ) ترژھ کتھ وَننی
یوسہٕ تَس گولی ہش بیہہِ،
یعنی سۄ نہٕ شُہ ژالہِ۔

**توپھہِ ہنی**۔ ۱۔ (کانٛسہِ یا کُنہِ) توپھ ہُنٛد

گولہٕ ٹین۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھِی) کانٛہہ کام بیتر کرہٕ دٕ ظُلم ہیوٚہ گرٛڈھن۔ مُشکِل گرٛ ڈھن۔ دِس لگُن۔

**تونتہٕ۔** > پرٛاکرت: تاوَر/ س: تاوَت + اَپہِ ] تہٕ [ اَستھ تہٕ۔ اَمہِ ؛ دوٚ جوٚد۔ تہٕ کرِتھ تہٕ : ناہم۔

**تونٛتہٕ (طوطہٕ)۔** ن۔ مؤل: تونٛتہٕ / طوطہٕ > ف: طوطا/ توتا۔ ۱۔ سبز رنٛگہٕ اَکھ خوٚش پوٚن بانا وار۔ یُس دوہ زٕچ تونٛتھ چھِنٛہٕ آسان۔ اَکہِ قسمُک شوگر۔ ۲۔ (وَرگہٕ) باشہِ کرُن تہٕ خوٚش پوٚن شرٛ شکیل۔ سوہ بدر۔ خوٗبصوٗرتھ۔

**تونٛتہٕ بولی۔** ۱۔ (وَرگہٕ) (نوکِس شُری سٕنٛز) خوٚش پوٚ دٕ تہٕ کتھہٕ، باشہِ۔ ۲۔ زنانہٕ ہُنٛد داسے۔

**تونٛتہٕ کجر۔** (باشہِ کرہٕ وٕنِس شُری سُنٛد) اَڈِ کجر۔

**تونٛتہٕ نَس۔** پیرِٕت کرٕتھ کاڈِ دار نَس۔ تونٛتہٕ تونٛتھ ہِشِس نَس۔

**تونٛلا۔** م۔ مؤل۔ تونٛلا > س: تونٛلا۔ ۱۔ پارڈ تی بگوٗئی ہُنٛد اَکھ پہچھ۔ ۲۔ اَکِس دیوی

ہُنٛد ناو، اَمی سٕنٛز تھا پتا چھِنٛہٕ کوٚہس بیٚٹھ (یِس کشیرِ مَنٛز پوٗزان چھِ)۔

**تونتھ۔** م۔ مؤل۔ توت > س: سُتہٕ۔ صِفتھ۔ گوٗن۔ یہ چھُ ٹیٹھ پاٹھی ہٕزلہٕ پاٹھی استعمال سپدان۔ م، بٕہ چھس تونٛتھ۔

**نورعٛ۱۔** ن۔ مؤل۔ تار > س: تاڈ۔ ۱۔ ہچھو چھٹکی۔ دارِ بَر بیترِ بنٛد کرنہٕ باپتھ ہچھو روٚکھٹ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) رُکاوٹھ۔ رٔٹھ۔ روٚکھٹ۔ م، اَندرِ اَما پوٚز اَکھ چھُ ہُمتھ نور۔ ۳۔ سہ کانٛہہ بیٚمہِ سٕتی مکِس مَنٛزِ تُل بنٛد چھُ روزان۔

**نور دِتھ تھوٗن۔** دارِ یا بَرِ نور تھوٗتھ بنٛد کرِتھ تھوٗن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) (کُنہِ کامہِ مَنٛز یوسہ اَنٛد وانٛنِس آسہِ) روٚکھٹ کرُن۔ رُکاوٹھ کرہٕ دٕ۔

**نور دِین۔** ۱۔ دارِ بَرس بیترِ نور تھوٗن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) کانٛہہ کام بروٚنٛہہ پکنہٕ نِشہِ رُکاوٕ دٕ۔ کامہِ بیترِ تھو نٛتھ اَنِنی۔

**نورعٛ۲۔** مؤل۔ تور > س: تَند + پُرٕ۔

تیٲرۍ۔ تَمہِ طَرفہٕ۔ تَمہِ اَنٛدٕ۔
تیٲرۍ کِنۍ۔

**تورِٕ**۔ ۱۔ تَتہِ بیٚٹھٕ۔ تَمہِ جایہِ بیٚٹھٕ۔
(بیٚنیٚچ کَتھ آسِہٕ) تَمہِ طَرفہٕ۔
۲۔ تَمہِ اَنٛدٕ۔ تِہٕنٛد یا تَسُنٛد
طَرفہٕ۔ م، تورِٕ کَیا دِٕتُن۔

**تورِٕ کِنہِ**۔ تَمہِ طَرفہٕ۔ تَمہِ اَنٛدٕ۔ کینٛہہ چھِ
"تورِٕ کِنہِ" بَدَل "تورِٕ گَنٛین"
وَنان۔ وُچھو "تورِٕ" تہٕ۔

**تورِٕ یور**۔ تَتہِ بیٚٹھٕ یوٚت تہٕ ییٚتہٕ بیٚٹھٕ
توٚت تام۔

**تورگُن**۔ تیٲرۍ۔ تَتھ طَرفس کُن۔ تیٲرۍ
کِنۍ۔ تَمہِ اَنٛدٕ۔ تَمہِ طَرفہٕ۔

**تورَژھ (تورِٕژھ)**۔ م۔ سۄل۔ تورژ ح س:
تژوکلک ] تژَم دِٕنہٕ یا یَتھ
چھانہٕ سُنٛد اَکھ شٕھتھ یاد۔
ژورَژھ۔ یہِ چھیٚنہِ شُنٛھہِ سیٚٹھا
تَنٛنگ آسان تہٕ یُتہٕ کِنہِ چھُس
دٕن آسان یَتھ نَنٛبہِ کرِتھ
تالرِ دَب دِٕنہٕ یوان تِمہِ۔

**تورژِ موٚر**۔ ژورژِ ہُنٛد تیز حِصہٕ ییٚمہِ
سٕتۍ تژَم بیترِ کَڈنہٕ
یوان چھِ۔ تورژِ ہُنٛد
تیغ۔

**تورژِ ووٗ، ر** تورژِ وول۔ اَکھ زاوِج تہٕ

خاص ژورَژ ییٚمہِ سٕتۍ زاوِلۍ تہٕ
تَنٛنگ تژَم دِٕنہٕ یوان چھِ۔

**تورِٕ وُٹ**۔ نوردٕ۔ دودٕرۍ وانکہِ اَکہِ
سامانٕک ناو یَتھ بیٚٹھ کپٔر یا
پوٚٹ بیٚترِ وَلنہٕ یوان چھُ۔
دورِ ہُنٛد سُہ بوٚ کُٹ اَکہِ
ڈُلہٕ یَتھ وَوٗمُت پوٚٹ یا
ژادرِ ہُنٛد حِصہٕ وَلنہٕ یوان چھُ۔

**نوس ع ۱**۔ ن۔ سۄل۔ توس ح س: تَنٛیس۔
م۔ ہ: نوٗس۔ ۱۔ تژریشہِ وِہُن۔
دوٚدسہٕ۔ تژرلیشہِ تژریش
(آسِنۍ)۔ ۲۔ جیرِٕ۔ ڈُبوٚ ڈُر۔
م، تَس چھُ بوٚ چھِ دادِ نوس
دوٚ کھۄمُت۔

**توس پیٚوُن**۔ دوٚدسہِ گَرُن۔ سَخ
تژریش کَرٕنۍ۔ نارزَن ٲنٛدرۍ
گَتشُن۔ تژریشہِ کُن گژھُن۔
۲۔ (وَرگہِ یا کٲٹھۍ) زَہر زَن پیٚوُن۔
(کٲنٛسہِ ہُنٛد رُت وُچھتھ)۔
کٲنٛسہِ ہُنٛد رُت کینٛہہ وُچھتھ
یا یارِ جاے چھِ چھتھ نا خوش
گژھُن۔

**توس تُلُن**۔ ۱۔ ڈُبوٚ ڈُر تُلُن۔ تَنٛنگ
کَرُن۔ کٲنٛسہِ جیرِ اَنُن۔ دِق
کَرُن۔

توس ووٚ کھٔن ۔ ۱۔ سَخ ترٛیش کَرٕنۍ۔ دوٚدسہٕ کَرُن ۔ توس لَگُن ۔ ۲۔ تَنگ یُن۔ جیرٕ ووٚ کھٔن ۔ دِق یُن۔ ہیشگہٕ دَگ تُلنۍ۔

توس ع۲ (ٹوسٹ)۔ ن۔ مؤل۔ توس < انگ: ٹوسٹ ]ڈَبَل رٔوٚ چہٕ ہُشد اَکھ ٹُکرٕ یا چَھل یُزَن یَتھ ہیوٚہ دِتھ۔

توسہٕ ۔ ن۔ مؤل۔ توس < ع: طاس ۔ ۱۔ پَشمینک اکھ جان تہٕ زٲد مُلٕ قسِم ۔ ۲۔ توسہٕ بیر یَتھ پَشمینہٕ بَنان چھُ ۔

توسہٕ پوٚمبر ۔ توشُو شال ۔ توسہٕ فرٕد ۔ توسُک ووٚنمُت دُسہٕ ۔

توسہٕ مٲدان، (توس مٲدان) ۔ اَکھ یَہکرٕ یُتھ نادیوہ سہٕ کھاٚ گرٕزٕ چھیٚ، اَتہٕ چھِ زٕ ترٛیٚ مَشہوٗر ناگ تہٕ سَر یِمَو منٛزٕ اَکھ "دمام سَر" نَہِ چھُ ۔

توسمہٕ ۔ ن۔ مؤل۔ توسم < ف: تَسمہ ۔] دالوٕ یَھپتہٕ۔ زٕ یچھ تہٕ کھجر کَم مُسلہٕ چھلہٕ ۔

توسمہٕ تُلنۍ ۔ (دٕرگہ) سَخ لاٚیِن۔ مُسلہٕ والُن یتھٕ کرٕنۍ۔ چوب دِنۍ۔ مۄرِن مازٕ مو کھٔن ۔

توسمہٕ وُڈٕ اوٕنۍ۔ سیٹھا چوب دِنۍ۔ پھیٚشتی کرٕ دِنۍ (لاٚے لاٚے)۔ مُسلہٕ والُن۔ سَخ مار دِیُن ۔ شٕلکھ کَرُن ۔

توشہٕ ۔ < ف: توشہ ]اَکھ قِسمُک ٹھُلوٕ یُس اَکِس خاص ختمہٕ شریف پَرنہٕ پَتہٕ باگران چھِ ۔ یہٕ چھُ عام پاٹھی ختمِ حضرت نقشبند مشکل کُشا پَرنہٕ پَتہٕ باگرٕ نہٕ یوان ۔ ۲۔ سُہ سامانہٕ بیتر یُس سفرس منٛز لَگان چھُ ۔ ۳۔ (دٕگرٕچ) گرٕو بُڈ ۔ جاداد بیترٕ، سامانہٕ بیترٕ ۔

توشہٕ خانہٕ ۔ سُہ جاے یَتہٕ گرٕکُک سامانہٕ (وُرن دَ کھٔرن بیتر) تھَونہٕ ییہِ ۔

توشہٕ ۔ ۱۔ ٹِکرٕ یا تُولہٕ آٹہٕ چہٕ بٔیچہٕ بَنَاوِتھ اَکھ بیٹھ خاجہ معین الدین اجمیری رحؒ سُند ختمہٕ پَرُن ۔ ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھی) نیازٕ ۔ صدقہٕ ۔ خیرات ۔

توشہٕ کُٹھ ۔ < ف: توشہ + پراکرت: کوشٹھ < س: کوشٹھ]۔ سُہ کُٹھ یُس توشہٕ کرٕنہٕ خاطرٕ یا نِماز بیترٕ پَرنہٕ خاطرٕ

